# نیری نغمہٕ

(اشعارٕ سومبرن)

موتی لال ساقی

ڈاکٹر بھوشن لال کول صاحب
قدردر میانس نوش
موتی لال ساقی

# نیٖری نغمہٕ

(شعر سوٚمبرن)

## موتی لال ساقی

ناو : نیٖرۍ نغمہٕ

شاعر : موتی لال ساقی

چھاپ : ۱۹۹۷ء

چھاپخانہٕ : اعلیٰ پرنٹنگ پریس دہلی

موٗل : ۱۵۰ روپیہ

سرورق تہٕ کِتابت : محمّد یوسف مسکین

حقوق : سدھارتھ رازدان



یہ کِتاب چھاپنہٕ باپتھ چھُ منّے ریاستی کلچرل اکادمی مالی اَتھ روٚٹ کوٚرمُت یَمہٕ خاطرٕ بہٕ اَمِیُک شُکرُ گزار چھُس۔ کِتابہٕ منٛز شامِل تخلیقن منٛز ظاہر کرنہٕ آمتین خیالن ہُنٛد ذٕمہٕ وٲری چھےٚ صرف میانِس ذاتس پٮ۪ٹھ۔ (م۔ ل۔ س)

بیٚنہِ گاشہِ ہٕنٛدِ ناوٕ۔

خبر کیا غوٚصہٕ گوٚے ترٛاٰوِتھ مٮ۪ے ڈ٘رایکھ

# ترتیب

# ''پٲژ دپان پٔن زٔن''.....

اَدب باگنے کرِتھ پرکھاوُن چھُ سانہِ تنقیدُک نۆو اَنہار۔ اَدب چھا پَزی اَدب یہِ کَتھ سَر کھر کرنہٕ وَرأے چھِ پیٚلھٕے وُچھان زِ یہِ کُہند قلمہٕ چھُ دژامُت، وُچھنہٕ دا چھنہٕ روٚستے زِ بڑوٚنہہ کُن یہِ کینژھا آمُت چھُ تَمُیک موٗل تہٕ تَر چھُ کیا۔۔ اَدبچہِ خانہٕ بندی ہُنٛد وِہ با چھُ کَم کَم یا تھر کرِتھ گراہُتین کَلہٕ تُلان تہٕ گرایٚتین۔ أمی طرزِ عملَن ڈأج نوِ پیٖہ ہیٚنٛدین داریاہَن وِدتھ وِہنَن قلمکارَن وَتھ یَتھ مَنٛز تِہنٛد کانٛہہ قصور چھُنہٕ اَدبَس مُتعلق چھُ مےٚ سِکہٕ نظریہِ زِ ہم کال چھنہٕ اکھ أکِس سِتی انصاف ہیکان کرِتھ تِکیاز تمَن چھُ پَنُن پوٚٹ وِ کھلَس مَنٛز آسان۔ یہِ چھُ بہرحال پننہٕ وِوِل زمانہٕ آسان یُس کھوٚٹ دِتھ کھوٚٹ تہٕ پاسہٕ الگ الگ چھُ کران۔

اَدب جدید تہٕ قدیم، کلاسیکی تہٕ رومانوی باگنین مَنٛز باگرنہٕ

برونٛہہ چھُ گوڈنی یہِ کَھر کرُن زِ یتھ چیزَس، یتھ فن پارَس پیٹھ اَسۍ کتھ چھِ کران سُہ چھا اَدبہٕ کِس دأیرَس منٛز یِوان تہٕ۔ دٔیوٕٹھنے گژھہِ، وُنِستام چھُ کأشرِس مَنٛز اکثر دوستدأری تہٕ یار برادری بُنیادُ بنأوِتھ تنقید لیکھنہٕ آمُت یُتھے یوت نہٕ اَدبی توأریخ تام تہٕ چھُنہٕ اَمہِ وۄباہہٕ نِشہِ بچھ۔ شایَد آسہِ اکثر دوستَن یہِ تہٕ پَے زِ تنقید لیکھنچ کھوٚٹ چھِنے کیٚنٛژَن مامَلَن مَنٛز نوکری تہٕ اَفسری ماتحتی تہِ بناونہٕ آمٕژ۔ یتھی تحریرِ کِتھ حدَس تام چھ دیانت دأری ہنٛدِ تقاضہٕ پوٗرٕ کران تمُک فأصلہٕ ترأوِ بہٕ تِمَن لوکَن پیٹھ یِم زبأنی ہنٛدی ژکی دَر تہٕ اَدبکی قدرِ شناس چھِ۔ میأنِس کتھِ واتہٕ کَڈنَس چھُ اَکھ خاص مَقصَد۔ زیرِ نظر شعرِ سۄمبرن چھِنے میأنۍ ترٛیٚیم کِتاب۔ وُنِستام یِمہٕ میانہِ زِ کتابہٕ بازرِ پٮ۪یہِ تِمہٕ بَنٕے یہِ نہٕ کأنٛسہِ ہنٛدِ تَوَجہُک مرکز۔ تہِ کیازِ بہٕ اوسُس نہٕ کُنہِ رِسالُک ایڈیٹر زِ کأنٛسہِ ہُنٛد مضمون چھاپنَس دِمہٕ ہا گوڈٕ اَنوأری۔ نہٕ اوسُس تَتھ کُنہِ جایہِ زِ کأنٛسہِ دِمہٕ ہا نوکری یا ترقی باپت کرہَس سفأرِش۔ نہٕ اوسُس بوٚڈ اَفسَر زِ دوٚیمہِ کُنہِ رَنٛگہٕ ہیکہِ ہا کأنٛسہِ مأٔلی فأیدٕ واتنأوِتھ۔ یتھ ماحولَس منٛز خودغرضی تہٕ مطلب پرستی تنقیدُک معیار آسہِ تتہِ کتہٕ ہیکہِ صحی تنقید ووٚتلِتھ، بہٕ ناراض گژھہٕ تہٕ کیازِ ؟

مےٚ چھُنہٕ ناراض گژھنک کانٛہہ حق۔ یہٕ چھُس یہِ ترٛیٖم شعر سوٚمبرٕن ییٚمہِ برٛانٛٹھ یا زرٛتراوان زٕ نِگاہ کرِ سارِنے عیٚلتی اِنصاف۔ مےٚ چھُنہٕ دعوا زِ یہِ کینٛژھہ مےٚ وٚنمُت چھُہ تہٕ چھُہ سورُے موکھتے موکھتہٕ، اَتھ مَنٛز آسہِ فوطہٕ تہٕ ضروٗر۔ بنان چھُہ زِ سورُے ما آسہِ فوطے، مگر موجوٗدٕ حالاتن مَنٛز چھُنہٕ کانٛسہِ تہٕ اخلاقی جُرأتھ گژھان زِ سُہ وَنِہ فوطَس فوطہٕ۔

یَتھ شعر سوٚمبرنہِ مَنٛز چھُہ اکھ حِصہٕ "اَچھر مُرژہٕ" یَتھ مَنٛز مےٚ کٲشِرِ ہُنٛز خوٗبصوٗرتی تہٕ اَمکی رَنٛگ اَچھرٕن ہٕنٛدِس قالبَس مَنٛز چھُہ وٲلِمت۔ اَمہِ حسابہٕ چھُنہٕ دُنِستام کانٛسہِ تہٕ کٲشرِ شاعرَن کٲشِرِ پیٹھ قلم تُلمُت۔ مےٚ تُل قلم۔ کِتھہ حدَس تام گوس کامیاب تمیُک فیصلہٕ ہیکَن پرَن وٲلی کرِتھ۔ اَدبَس مَنٛز چھُس نہٕ بہٕ جدید تہٕ نہٕ قدیم۔ بہٕ چھُس تہٕ یہِ بہٕ حالاتہٕ بوٗدُس۔ بہٕ چھُس نہٕ خانہٕ بٔنٛدی تہٕ وَرگہٕ باگیہِ ہُنٛد طرفدار۔ او اکھ کتھ چھےٚ زِ اَدب پرکھاونہٕ بآپت میزان گژھَن اَدبی آسنی۔

رٕلے

شاعری چھےٚ احساسَن ہُنٛز گوٚج تہٕ جذباتَن ہُنٛز شرٛوٚنہٕ۔ مؠانٛزِ کِنہٕ چھےٚ بقولِ کولرج، شاعری THE BEST WORDS IN THE BEST ORDER شاعری چھےٚ پوٚشن ہُنٛز زبان تہٕ

رنگین تہٕ کڈرن خاطرٕ ہنٛز فنکارانہٕ باوتھ تہٕ۔ زبانٕ ہٕنٛد فطری بہاو چھُ شاعری با اثر تہٕ بامعنی بناونس منٛز سیٹھا دوٗر تام اتھٕ روٗٹ کران ییٚلہٕ زن تگن گرٕی اتھ از نتہٕ پگاہ موٗلہٕ چھےٚ والان۔

یتھ شعرٕ سومبرنہٕ منٛز خاص کرِتھ "اچھر مُرٛژ" حصس منٛز چھِ کینٛہہ لفظٕ ووٚتٕر عام شہری یرن والین ہٕنٛدِ باپتھ اوٗپرٕ مگر اصل کاشُر زبان چھےٚ گامن گُکٹھن منٛز زنٛدٕ اتھ آسہٕ نہٕ تمن تہٕ انکار تہٕ یِم اچھر چھِ گامن گکٹھن منٛز لکہٕ ورتاوس۔

یہٕ کتاب چھاپنہٕ خاطرٕ ییہ ہے نہٕ ہرگز بامِل ہرگاہ عزیز دوست جناب بشیر اختر تہٕ محمد یوسف مسکین دردِل تہٕ ڈگ دار بنٛتھ تن دہن۔ میانی کانٛہہ منتھ نہٕ آسِتھ تہٕ تِھاو یِمو دوستو زِگ داری ہٕنٛز علم بلند تہٕ ساری مرحلہٕ اَنٛد واتناوِتھ گیہ یہٕنٛدی برکتہٕ کتاب تیار۔ یمو دوستوٚ یُس احسان مےٚ پیٹھ کوٚر تمہٕ خاطرٕ روزٕ بہٕ ساری سےٚ وٕانٛسہٕ یہٕنٛد شُکر گُذار بہٕ چھُس پزِ دِلہٕ دوٗشونی دوستن زیٹھ وانٛس تہٕ میوٹھ بنہٕ کانٛچھان۔

**موتی لال ساقی**

روٗپَس چھُکھ کوٚڈتہٕ أنٕ پھمبہٕ سیٖر سالَس
سوٗنَس دٕژ دوٗنٕ اَسہِ ییٚتہِ سوٗنتھ کالَس
سوٗمبُر ووٗشلُن ژٕہنی پوٗشوَ ہلمَ بوٚر
یِہے بَجتاوٕری جٕرٕمژ چھےٚ نالَس

شِشُر واتان شِیشکٕ پھُلیہِ وَن ہیتھ
أتی ییٖران گٕٹھیشُ تھاوان ژٕرِتھ وَتھ
چھےٚ لُجٕہژ دوٗنٕ آسان کَپسہِ ڈارَس
وَسان ییٚلہِ شِینہٕ تھوٚس ووٗسہِ ییٚتھ کرَان گَتھ

دٕدان وُڈھ کوٚل دِژٕن تھدِ بالہٕ پیٹھٕ ووٚڈھ
ژٕٹِن سنگلاخ کنہٕ گاگرٕ گرِن کھوٚٹھ
چھ وَن خاموش لوٚگمُت چھکھ اُشُد زَن
اَتی دُپہٕ گاہہ اَتی نٕہ دروب اَتی کوٚٹھ

بہبر کٔڈِ واش خوشبوے نیرِ بازر
سنزس شیبہلتھ ووندَس چھاوٕنی برابر
بُنفشس لاجوٗری اُسناہ وُٹھن پیٹھ
سُلے نیاوِس پھوٗلُن تورِے مُقرَر

گُلابک رَنگ لبان زاین گرِھس نش
ہُرُد تامتھ پھولان مخملی چھ دوہلِش
ووشلی کلہٕ وٹھی پتھر وُتھیمتی چھ تارکھ
یہ مہریزی دان تھٕر چھے کونگ تہج ہش

صَدا دُیت بیلُی کگر بوُون. یُتُے یوت
لِوَن اُتھ سوٗنتہٕ ہَردَس مَنٛز تُلِو دٕرٛوت

کوٗلَن یاوُن زمینَس تاٗ آمُت
اَتھوکٔرِتھ تَو کَتھو اُکُس مٔنٛزٕ لَس ووت

پیوان تھَنٕہ میانہٕ گَرِ کھنگرٕہن چھےٚ دوٕ ڈکوٗل
مَژَرِ یوٚدوَے ییَس بالَن کَڈان ٹھوٗل
نَژان ییٚلِہ تیٖر کھیوٚل کُنہِ ساعتہٕ نیٖرن
چُھ باسان دال ڈٔلس زَن پیٹھ پیٖمٕژ سوٗل

تَبَس تارکھ چھ کَتہِ نَیہِ تیٖتی یھوٚلی پوٗش
گِنٛدان پیٖرٕہن چھےٚ گِل دوٗ شلان ہمپوٗش
ڈَلَس مَنٛز زوٗن ناوِنہِ أُج روٕ پٹی تَن
زٔہِتھ گومُت چھُ وَق خاموٗش خاموٗش

ہُرد ہلمس لٔدِتھ اَنہِ موٗکھتہٕ اَنٛبر
ژِشُر وَتھران پٔرتھ اَنٛدٕ سَنگِ مرمر
اُمُژھیٚل رٕتہٕ کول وُزملہِ شامہٕ وَنہٕ وان
چُھ پھولہٕ وُن سونٛتھ اَسہٕ وُن حوضِ کوثر

پھیٚتیٚن کرگٔرنٛد ژھلِتھ آمُت لطیف نیوٗر
وَسکھ یوٚد باغ تَتہِ گرٛدِش کران دیوٗر
چھےٚ سونہٕ گاسس کلس پیٚٹھ ژٔنگی ریہہ زَن
دۄدِج دود ہیٚتھ یِوان زَن سونٕرگچی حوٗر

شرابس مَتھ گٔرٛھان ڈیشِتھ یِتیٚک آب
وُچھیا کِنہٕ باوِ انسان رٕوٗد کس تاب
یُتِم یہرن کونَن کآرِتھ وَسان روچھ
حُسیٚن فِضہس اَنٛدر دوٗلسُن ہیوان خاب

نوٚگے سونٛتَس کوٚرُن کرِڈَس تہٕ پھمب کھوٚت
ژٕٹھ لیٚمبہِ سیٖنہٕ کھوٚت پمپوش لوَہِ ہوٚت
ہُرد ہَلمَس لُدِتھ کوٚنگ آد لاران
وُہان بیٚلہِ بوٗزٕ نَظرن زَن لگان توٚت

وُتھتھ سُلہِ پوشنوٗلَس دِنٕی چھیٚ آگے
نُوی نُوی رَنگ وُچھنی کِتی ہارٕ ماگے
وَندَس مَنٛز شیٖنہٕ جَل بالَن کلَس تاج
یہِ دَرشَن گاہ چُھ یوٚدوَے ہیکھٕ ژٕزاگے

یوٚان گِلہِ ٹوٗری گوڈٕ سونٛتَچ خَبَر ہیٚتھ
چھیٚ وِری کِنہٕ بالٕہ داہنی کِنی رَٹان دَتھ
تُلان اَدٕ کاٗر یٚنبرزَل تہٕ مَسوَل
گُلابَن دامہٕ چیٖمژ نافہٕ شَربتھ

حیبن یم لڑھجہٕ دوٕپھ سَرٕوَن تھوان شَر
نَرٕس کَمیٚ لوگ گونٛد شیٚرٕس کتھا کرٕ
یہ سورُے ہنگ تہٕ رنٛگ سونٛتچ کرامت
لچھو آویزٕ چھس ماٗنی تہٕ آذر

کلس ژوٕچہٕ پٕنٛج اَتھس وُہہ وُن سماوار
کھہَن کُن ترٛدومُت سونٛدرَد چُھ رفتار
چھ کاڑری دیرٕ شہلس ڈاپھ تراٗوِتھ
گیوان پاٚتج وزان زَن ساز و سیتار

خوٗشی ہندی نوٗرٕ پھتی ژھکران چھ اَفتاب
اَسُن ہیٚیہٕ زوٗن وَن دِن تارِ مضراب
یِوان نوٗرٕچ پُھلے ہیتھ گاشہٕ ناٹرک
چُھ ہاوان آنہٕ حُسنس آب سیماب

ہتین اہبری ینین کلر مانچھ تے ٹنگ
فراسین میوہ گو برن کری دوگہنی لنگ

چھنے پھوجمبر دان تھر زن مانز نہرینی
ہنہ حضرت بلی کلس پیٹھ کونگ ژھٹان رنگ

کھسکھ یودون تہ رائل گب یہ کھیاوتھ
نمتھ ابرگاہ تہ پریین منز یہ ساوتھ
گنڈکھ ہرنن تہ وتھرے پوشہ ژادر
وچھکھ مو کھیتچ پھلے پھیری طراوتھ

واہ رنگ وزہ پوش چھکراون ژہ پور
دزایہ درمنس چھٹ تہ ڈل گوژتر ہور
ڈیڈ چھنے ساہ دروار ووہلہ یکھ ون کھسو
تاہ ڈکہ لاگتھ وچھکھ زمرودی جور

وِپرِ ووٚشلُن سوٚنتہٕ سبزارٕچ برٲتھ
دوٚہ شبابُک نغمہٕ نبتھٕ نوٚن نغمہٕ راتھ
دِگنہِ روٚو شامُن چُھ شہلاوان کَن
رَنگ ژھٹان شامُرتہٕ گُل چھُکران پٔرِبتھ

مرگہِ منٛز نبہِ ہُنٛد صدا زَن مانٛچھ دار
بال دٲرِتھ شانہٕ پوشَن ہُنٛد جھار
دوٚرِ گاگرٕ ژُلی وَسان کوٚل اَمرہٕ پٮ۪چ
دوٚہی دوٚہس داوُک گِنٛدُن چشمَن خُمار

آبہٕ تلہٕ پمپوشس کھوٚت نٲرازٕ ہیوٚہ
پرانہِ وقتُک ذِکرہٕ وَرتی رازٕ ہیوٚہ
شبنمَن سُلہِ پتھ کھیلَن پیٹھ ترٲو لَرَ
وادہٕ نکھٕ تَل ووت گو سرتازٕ ہیوٚہ

برٛیڈبن نَے ٹیکہٕ بٹنبن یام لٔج مان
تیشُھے آو موکھتہٕ پھٕوتی ہیتھ اۆبرٕ اَسمان
ڈُڈٕر بُتھ چھٕول کُلہو گوٚنڈ نیوٗل وَردن
مُتِنھ وَزِھ وِگنہٕ کوٚر ہیے دِگنہٕ بَلہٕ شرٛان

چُھ کوٚستوٗرس نَژُن مَنٛز رۆدِ شرٛانبن
پَھٹان گُمہٕ گاشس پھولہٕ دُبن شینہٕ مانبن
گزَل وَقتَن لگان مِضراب تارَن
مَشان سوٚرُے تَھکُن بوٗزِتھ اَزانبن

جَل ترَنگ دایان صُبحُک واو دژاو
کُلی لَنجَن مِضراب لوٚگ سنطوٗر زاو
بَیہ دژاہٕژ مُشکہٕ پھٕوتی چھَے باگٕران
سأیہٕ مُتی اَکی ترٛاو ڈَل کُنٹھوالہٕ ناو

پوشِ واوَن چھاٸنی کمَ کمَ نقشٕ زاے
عَقلِہ ڈوٚل میٚزران دِوِتا وٕچھنہٕ آے
سوٗنتہٕ یا مَتھ ہیٚوت گُلِم پوشوَ اَسُن
رَشکہٕ پوشی پوٗش اَدٕ بُبرابہٕ زاے

یہِ وَن چھَپھ رۄسی کچہٕ لوٚگمُت اٰتی رَس
ہو ناگِتی باگراوان چھَے چھِپوُر مَس
نَژران گَنڈھرو چھِہ أنٛدی أنٛدی رأتی رأتس
سوٗرٕگ چھاوان چھُہ یییتہِ لیُس آو زَنمَس

قُلُف زیٚوِ دِتھ ژٕ صُبحَن ڈَل دٕہِس پھیر
یِوان ٲیٛشد رازٕ موٚت نَغمَن گژھان ڈیر
چھِپےٚ اُدشا بالہٕ پیٚٹھی اَکھ ژھال تاران
یہِ مَنظَر وُچھنہٕ کُس اَز تام گو سیر

کُلۍ گُہئیل أنٛدۍ أنٛدۍ تہٕ تارکھ نَب اَسان
دارِ دَچھ پوٚنپُر کھوٚرو ٹلۍ کوٗل وَسان
سَبز قالینس چھ جُرۍ جُرۍ پأڑۍ پوٚش
میانہٕ وَتہٕ گُزلس چھُ شبنم بُتھ چھلان

تاپہٕ ژٕنٛجہِ مَنٛز بوتہٕ تَل ترٛاوِنۍ سوٚلر
خاب پأراوِنۍ تہٕ سَیدُن بے خَبر
ٲنٛدۍ جہِ دَجہِ مَنٛز سوٚن اَنُن چشمن بُرِتھ
بالہٕ کولہِ ہُنٛد بُتھ گرِ شرٛونۍ آرُک مَژر

بے خَبر گَبہِ رأچھ پھیراں بأڈلۍ بأڈلۍ
ژِھمبر میلِن وَقتہٕ جانادَر دُبأڈلۍ
داں ڈَلس مَنٛز ترٛاوٕ نِنٛد وٲلیو لَہر
ہِکنہٕ دَجہِ مَنٛز زأج گُلِ لالَن مَشأڈلۍ

گُرِتھ زَمرٕوٕدٕ پھلِ زَن   بالہٕ   بادَم
جُرِتھ جوٗنپھر تہٕ موکھتَس کارِ لوٚگ خَم
بَطَخ پؠٚتھو کولَن مَنٛز لوگمُت وان
ہیوٚ شِشنہٕ پیپِنۍ وُچھُن کھوتمُت اَمِس تَم

چُھ لوٚگمُت باو   بازرٕ   ڈیمبہٕ ہاکَس
یِوان چھہٕ گَنٛزرَنَس یوٚدی وآرۍ گٕژاکَس
وُچھِتھ یمبہٕ لوکھرِ شُرۍ ماجَن ژٕٹان ڈٕلی
یِہ سٕکہٕ یوٚب لوو کَتہِ دَرِ زیادٕ پاکَس

ہسَس بُتراَژ   وُژھ   دٕرمتَس نیٚنٛدٕر ژٕج
گُلالو نارٕ پیٚتھ   وٕوزلاو   وَتہٕ   دٕج
اَسان بامَن لٔنجَن پیٹھ زَن چھ گٔلِ پوٚتی
ہیوٚ وُچھتَن ژٕونٛٹھی کُج پوشَو بُرِتھ ییٚج

یہِ چھا سبزار کِتھٕ پٔشمینہٕ ژادَر
بیٛتِھکی گٔژھ دوچھ تہٕ قالینَس برابَر
اگر چھےٚ تو سہٕ چھاوُن کھَس نہٕ مرگَن
نَرٕم گاسَس وُچھتھ مخمَل رَٹان شَر

چھُ ہارُد پانہٕ مُشرِتھ تارَکھ ژھٹان گاہ
گُنٛڈِرج کَڈِ کاڈ وَتہٕ گِتنےٕ کران پٔشراہ
چھےٚ بابرٕ یارِ وَن زن نیٖشدرِ وۆتھمُت
نَژان گِل داں ڈُلَن زن لانہٕ چھُس راہ

نُنرِ لِسہٕ ڈیمبہٕ ہاکَس لاٗو لۆژتَن
وۄنہٕ رج رِٹِتھ دوستہٕ ہاکس تَن چھےٚ ہَن ہَن
چھُ کانٛژ زَنتہٕ دودٕ ہَر بانہٕ کھۆتمُت
یہِ پھٕٹہٕ وٕنی گٔژھ چھےٚ بخشان گاش چشمَن

شُرِن کَنہٕ ویرِ تَل بیٚہنس لگان ساد
چَھژر بُتراٲژ گَوَگئے مانشٹھ آباد
دیدہٕر دیدٕ ئیشدٕر ئیندرازس چھےٚ وَنہٕ وان
پرٕتھیٚک نَژناہ وُچھتھ یاوُن پیوان یاد

پہٕ پیو پاں شین ٹٔنگ کُلی ژَستہٕ واٲلِن
کھوٚرَن پیو آمہٕ ہوٚل کَن تام زاٲلِن
پشَن کوٚب ژاو پھرستَن بوٚد چُھہ گومُت
کوہَن اکہِ آنہٕ پھَمبہٕ دَستار کھاٲلِن

وۄشلِ شاہ تُل ئرِسلی وُٹھ یارہٕ پسندی زَن
چھےٚ امبرِس نافہٕ سَرٕ ہکژناد مِژ تَن
کھیمٕژ چھیِہ ماز کھِل یہِ چھےٚ سورگہٕ کھرُژ مِژ
گوٚبے ہتی ٹاٲری تھَنہٕ ولہِ سورمہٕ چشمَن

ہڈر کاٹل کونگس آمت کران ڈیر
دپان دوٗزِ بارے چھے کوٕلہٕ راد کُن نیر
کھنے لاہر لاو تھنہٕ ہنٛد شوق نیری
بُنفشو پیرہٕ مٔز مہریٚنی چھنے پرتھ بیر

کونگس تیٚہ ژوٗرِ نِتھ لاران گرُٹ آب
سبزِکلی پأران ژلہِ کتہِ دانہٕ چھُس تاب
یہِ نا چھے شرأنی اَتھ وَن موکھتہٕ ژادر
یہِ آمُت سوٗنتہٕ موٗت للہٕ وان مٔژہلی خاب

وُشنی کانگرِ بیٚبس شب دیگہٕ ہنٛز گرکھ
وسان شنہٕ توٗنبی نٔژتھ کھوٗتمت یمن پھرکھ
ترٚیو مٔنٛزی ژھِچھ کرتھ ژامت ہوٗنٛدرِ گاش
ڈبنگس وُشنیر پھوٗتی لأجی شُرلو ہکھ

اۄبرٕ ییران سٔرس پیٹھ زَن چھٹے کھمبٕ ہِل
دوہن مَنز ہاہٕ کھسہِ زَن آسہِ رِاَیِل
پھولُن آسان چھُ ژیری دژپہٕ گاسس
نِوان شینچ پھُلے تاپَس اَندر دِل

یُتھے کھوت ماہِ دانہن رٔٹ کٔنی للے
چھِ زَن فرِیادی ہیلی نِش حاکمَس آے
کژہنی کژہ ہیلی چھِ دوٚری کھوژناوان
وِوپَر زاٗنِتھ یِمَن وُلوِتھ ہوان پاے

لَنگارس ژٔنڈ دِوان ییلِہ آیہِ وَہراتھ
گٔنِس اۄبرَس اَندر مَنزنی گرژھان راتھ
گُلَن تھٔز کاٗر وُزملِہ گیرِ بَچہِ سٔری
پھولتھ آمُت چھُ نیہ مَنز پوشِہ اَرساتھ

اَسان پیٹھ نب تہٕ بوٗنہٕ بُبراے ناگَن
دِوان لَو سۄر ییٚہہ وُڈھَن شہلتہٕ دِماغَن
قُمرؠ، کلہٕ، دِدر، کوتر، گُکلہٕ کوٚستوٗر
گیوان صُبحے پھرٕکان پھوٚر پوشہٕ باغَن

شِشِر کالَس یُتھے وٲژے پہنی وٲری
سَجوٗن کاژٕ گرؠ وانَہ ژوٗوا پٲری
کُلین کنہٕ دوٗر، کوٗل چھے اَنہٕ ڈَب زَن
یُتھے کَڈِ سَریہٕ کلہٕ چھے ہورٕمُت زٲری

چھِنٛے بابر آبہٕ ٹلی سَرتازٕ وَن چھیچھ
چھوٚنے ٹُلی کوٗن نیتھہٕ نوٚن ریوٗش کران زٕچھ
وِوندَس منٛنز تیٚہہ کھٹِتھ چھے مَرزٕ کاسَلس
ہو اٲہی وُچھتہٕ آبس پیٹھ پیوٗمُت ہٕچھ

پَیہ خَرمہ بُزی دانہٕ چَنہٕ زَن ہانٛچھ کھینہٕ گیو
ییٚنٛنٛٹُک ہنٛد وبٛد چُھ کیاہ باٖوِتھ ہیٚکیاہ زیو
پَیہ چھُپے دوِ لأر کَنترِتھ نۆنہٕ پکھش دِس
پیٚٹھی شٹھلتھ ووٚنٛدَس خوٚش یوٚد کَرِی دیو

ڈُسنی کھٕنٛزہٕ مٔر اوٚہچ یَے خوٚش ژوٚکیر یَتھ
کھٹِیے نارِم نور، دروب سَپدی فَراغَتھ
ڈٕکَس ٹِکہٕ شاہترَس چھُپے لاجۆری پوٚش
سُلی گُل چینِ پھوٚل ہاٖوِن شَرافَتھ

وٕتھر ژوٚکی شفا مُولسَ چُھ تاثیٖر
وُچھوِ پَمبہٕ ہاکھ تھَدِ اُمی جایہِ ہَن شیٖر
رَگَن مَنٛز رَتھ کَران گیو تھیٖر چھُپے گَنٛتھ
بُرِتھ ین بانہٕ یوٚدوٚے دوٚدی جبہِ دِکھ چیٖر

کرٕان شروٗنز شروٗنی کرَن شُنہٕ مانہٕ مٔژ کوٗر
یہِ ژٕلہٕ وٕنی کوٗل اَنان بیبرِن بٹھین گیوٗر
وَسان بالَس چھِنہٕ اَلہٕ گوگوٗس    ترٛٲوِتھ
وُٹھَن پالَس دِوان زَن کرٕلہ وِرِ موٗر

یِلِن شراوُن تہٕ گٔژھ رنگہٕ رأچھ اِدٕرَس
چُھ اُبسَرکھ گوشہِ بوٗب دَچھ بٲگران مَس
چھِ اُبلی آویزٕ نتہٕ دِتہٕ مٲنزٕ رٚینہٕ    داد
پھچھوٗلی سوُرے بَدَن کرٕزِ روزنےٚ حلس

اُمتِس زیٹھَس کھٕتے ناہبدِ تُل چھِ اُمدریر
ژٕنُن کھینہٕ گوٚب مگَر وَیہٕ وٕنی چھِنہٕ لوٗٹہٕ ژیر
گِلاشُک ناد ہینہٕ اٚسَس لِوان آب
تِبیشُھے اَرَن گرٛزھان باغَن اَندرٕ ڈیر

بِہ چھا سأے کِنکہٕ ہیٚول کِنہٕ ساگلرِ اَڈ
دوہ ہیٚے تھوٗن جٔرِتھ بۄزِن نَسأے۔ زَڈ
کوڈُر پیٚتھ تھٔوِزِ ییٚنہٕ سأے ساد راوہلس
نَوے آلرٕٛ نہٕ کُس چھُٹراوِ تَتھ ہَڈ

بِہ پاں ژادَر مَشہٕنی دوہ دِہبانہٕ دِبِہ چھوکھ
اَنان پأنِس چھیٚنے تھٔنی کاسان غَم۔ دوکھ
ہُہ ژَلہٕ وُن آرٕ پادَر ہِسہِ چھُ لاران
کَنبن ٹھاسان تہٕ سَنگلاخَن دِوان ڈوکھ

یُتھُے پأنِس اَنٛدَر پٮ۪ٹیِہ یوٗسمَن ژھلے
تَمے گرِ شٮ۪ٹھ پُری یَوِ ناگہٕ بَٹھِ جاے
روخَس دوہ زجارِ کھوٚت پاتأل وِگنبن
بِہ بۄزِتھ واد ہیٚتھ آو مُشکہٕ رَہکاے

بُدرِج بٔرزٕ پاسمَت گیو زیرِ سوگہِ دأس
وُچھتھ اَتھ بیبرِ مۄدران دٔورِ چھُے اَس
مَشَم کَر شالہِ کیٛو زَگ لوٗلی اَنٛزُن
سیٛٹھا بٔرۄنٛہہ پکی کھٔنس خوشبوے اَسہِ کأس

اَلُت مَنٛد چھو غباسَن ہا پھُلَے لٔج
یٔنٛدرِ تاچھس تہٕ وٕتھرو پأٹی وۄڈ وٕرٕج
یٔمبرزَلہِ کأر نۆمرِتھ وۆدن گُلالَس
ییٚمی وُچھنَس تمی تجنَم منٛے دٕج دٕج

چُھہ جا وِینہٕ مُشکہٕ کوفۄری تہٕ زَردی
پھولان تارکھ چھہ رأٹھَن لاجوَردی
گُنٛڈِج اِستادٕ کھاہ آباد رۄزِن
جُبرِتھ نیٖرِو تہٕ لأگِتھ ہنج وَردی

ݜُپہو وٚتھ رٚود وُڈرَن بُتھ چھلان پوٚک
مَتیوٗمُت آرِ ہِکی ہِکِر زانٛہہ تہِ ما تھوٚک
سوتِہو بارانہِ سوٚز سوٚز شُراٗنی لاٸجن
دِوان سَتہِ زاو چھِر زَن ماجہ چھُپے نیوٚک

اگَر یِم بونہِ بَل دہِ ہدِش ژھوکان رٚودی
اگَر ہُم یارہِ وَن ژھوٚڈی ژھوٹان رٚودی
ہیکھُیل کَڈِ واش گژھِ ما ترِلیشہِ کامَن
وَدان یِم کھاہ تہِ کھَل اَسہ یِم رٚچھان رٚودی

کُران شی شی شِشر کالکُ تُرُن داو
کُٹھُیش تیلان وَتن ہِکنی ژلان کھژاو
سَرَن تامتھ چُھ شِشکی ٹھانہِ نَھاوان
شِٹھان ہِکھ ہِکھ کولَن موکھُتک چُھ پاراو

لوٗتی پوٗک واو پوٗشَن تازٕگی پھیر
فضا مُشکبو گلابَن لۄگ یُتھُے زیر
اَناربو جافرِس ووٗن کَرمہٕ دِل تنٛگ
چھےٚ اَذٕمژ شبنمَن ژیٚئے رِکژ تَباشیر

وَنے کیا چھ وَہراٛژ ہنٛدی کیٚتی رٕنٛگ
کمٕلَن ہُنٛد وِسُن زَن وَزان جَل ترٕنٛگ
اَتی تاپہٕ چھُتی جیرٕ آبَس تُلان
اَتی گوٚن اوٚبُر زَن چھُ اَسمانی جنٛگ

پنٛھرِی ہیٚوت نَپُن زٕتنہٕ کیٚتھ دٕراے نُنٕے
اوٚبُر ژھالہِ ژوٚل دوٗذٕمژ کُمہٕ چھےٚ نُھنٕے
زٕژو شٕنگرَن پیٚٹھ سونَروان لوٗگ
دِوان وِگنہٕ کَس بالہٕ یارَس چھےٚ وٗنی

کوٗلَن وَچھ ہوٚکھ نہٕ ناگَنہٕ وُڈھ چھٕنے پھیشان
چھِ کُلۍ نبتھ تُنۍ یَمَن پے ہٕڑ ہٕرتھ شان
ڈرمُن لاربو زمینَس ڈراس کھانکھ
پھوٚلتھ آمُت چھُ کوٗنگ دٕجہ ڈوٗرۍ وَنہٕ وان

کُکل گَل تَے کُنج سکھرے یہ واپَس
کھِس گٔیہ ہَٹ تہٕ تیہہ مورے یہ تاپَس
ترٛونگین کَنہٕ ویرِ الوٗندۍ مرٛژہٕ وانگَن
یمَن زَن نارِ رٔیہہ آس رأتی راتَس

یہ یاں ژادر چھٕنے وَنہٕ وان ناگی رایَس
گِجَس ہی مال کُج ییٚمہٕ زنمہٕ آیَس
چھُ گاشرے بٔرم کوٗس رُوزِتھ کشپ پُوٚش
پُٹھ ینہٕ ترٛاوِ کانہہ پرٛأنس تلایَس

دِوان پھاہ ژٕنڈِرچہِ دَچہِ شپُنٛک ترُٛن وَچھ
کَڈان بُتراٲژ پٔرَتھ اَنٛدِ شُشِر موٚت گچھَ
ٲپرِ کَتھ بوٗزِ تھےٚ شوٚنگِ شُرِ وَچھَن تَلَ
بِتُر چھا زَمہٕ رَس اَتھ تہٕ رٕتھ پَچھ

ترٕنۍ وادَن کُلَن ژٕڈۍ جامہٕ ساٲرۍ
کوٗلَن موٚٹھُمٕت گیوٗن چَھکھ بےٚ قرارٲۍ
چھےٚ شِنہٕ پی پنۍ نَبَس پِھرِ پِھرِ دِوان ڈٕنۍ
وَسَن کَر شِپنہٕ تھوٚسِر چِھم داغ لاٲرۍ

سَنگرَ پھولہٕ ژوٗن دِوان آگےَ وُپھان. دژاو
ڈٕلن سوٗنہٕ جامہٕ اَدِ باغَس اَنٛدَر۔ ژاو
کولَو دُیت ووج گٔنڈۍ پاں ژادرو ڈٕرۍ
یِہ بوٗزِتھ پوشِہ موٚت اَزِ سون کٔنُ آو

بالہٕ کھوٚنہِ مَنٛز ترٛاؤ اوٚبرَن ٲدی ڈاپھ
ہوٚرٕ گَٹہٕ زوٚل. یورٕ کَنہِ پٮ۪و میوٚٹھ تاپھ
سنگرِ پیٚٹھی وٕژھ ہیو کیچہٕ گٔری گٔری وادٕ رٕنٛگ
پھوٚج ٲیشبرزَل یوسمَن تھَرِ سورِ شاپھ

دوٚدَس ہَر پھوٚل تہٕ زَنمَس آیہِ تھَنہِ وَل
یہِ میٔانی باونا کوٚمَل تہٕ شیٖتَل
حسیٖن خالَس چُھ یوٚرمُت قہ درَتَن رَنٛگ
لوٗتی یَکھ واوٕ ییٚنہٕ کَرہَس ژٕ گالنگَل

کُنی ٹِکہِ کھوٚت مگَر تھوٗن وُٹھِتھ پان
دوٚہَن مَنٛز وولسنَس آو عشقہٕ پیٚچان
سَجاؤِتھ تَنٛدلِہ مَخمٔلی کھاٗسی تھاؤِن
ژھوٚٹے چھَس وٲنٛس نہٲنٛتھ توتہِ وَنہٕ وان

وُنس مَنٛز تاپہٕ ٹیٚنچ ڈُلہٕ گنٛڈی دِوان چھیٖر
شُکر رِنٛگہٕ راَچھ مَنٛشہٕ چھاوُن تباشیٖر
نَمے مٕژ چھانٛچھِ ٹھُر ماشچھَس کران مَتھ
وَنے کیا اَس کِتھ سوگہٕ داسٕ گیٚو زیٖر

پُھلے وَتھرٕنی دُرن ہیٚون کیُت وُنَس نَب
ژَلان کھٕرکِہ آرٕ زَن پانَس دِوان دَب
گنٛدان ژھیپہٕ ژھارِ یارٕ بو مُنٛزی دوہَس تاپھ
یِوان دوسہِ وِگنہِ ییٚلہِ سوُرن ہوان شَب

گُمٕژ زَٹھ کِکرِلہِ پاٹِس کُس ہیٚیَس ناو
دَنٛدِین گیٚو تھیٖر کھُشٕر رُوٗدُس نَساےٚ باو
چُھ کُس مازان دونی پمبہٕ ہاکہٕ لوشچَن
رٕو پٹِٕی گامَن رِچھتھ تھوٗو مُت پَنُن چاو

اَگَرِ فُرصَتھ ہیٚی تیٚلہِ وات    اَچھ تار
بَجنَتھ مُشی مُشی گَژھی شیٚہلی ووٚنُدَس نار
اوٚبُر وَتھَرے دِتَن پوشَو بَرَے کھوٚن
کورگ تادَس ہیٚپی مُشری ژٕنیٚ سَمسار

پَپھُر سونہُرِ کوٚرُن پھوٚج    یام بوٚبَل
عَباسِن تَے اَنارَن مَن چھُ    نبرَل
دَے کیاٚ ساس گُلشَن بُرزہِ پیش راٚوی
مُشِک جادِن ژھَٹان وُڈَرِن وَچھَس تَل

بَٹھِن آلُژ تہٕ بیَرِن گانٹہٕ مُٹھ کھوٚت
ہیٚلپو تامَتھ وُسُن ہیٚو تمُت چھُ لوٚت لوٚت.
وودِنی نَرگاہہ رِنگرأنی چھُ    روٗزِتھ
زَنبچ شولیِہ    دوٚبی بایَو اُسُن ہیٚوت.

کُلین زَرد یُود پَن لۄگ بوٚنہٕ گاگُر
موٚٹو دوٚد گاو کولہِ گوٚ رائسی آگُر
یَکر گُھر رینزی یکہٕ وٕٹہٕ کھٚو کرِتھ دٕرائے
پیٚوُت وآتِتھ چُھ ژٕرنہٕ ہانگُر تہٕ ہاگُر

وٕسن پَن بوٚنہٕ اَدٕ گوٚ کھیوٚن بَطخ ماز
ہسَر راتس تھٕوٚنی شَب دیگہِ ہُنٛد راز
ژشَر کالا تہٕ ٹیوٚٹھ ٹیوٚٹھ ڈٔل مَسالا
شُرۍ کوٚر شینہٕ جَنگ پٕرتھ کأنسہِ ہُنٛد باز

چَنس چھوکہٕ دوٚد کھِنَس تھٕنی زَن چھ پُرگوٚل
رُحس شیہلَتہٕ چھےٚ پادان جانوَر بوٚل
چُھ وایان جَل ترنگ پٕرتھ آرٕ تے کوٚل
گُزَل وقتَن ووتھان پیٚلہِ تارکَن ڈوٚل

چھُ کوٚرمُت زوٗل وِگنیو ناگہِ رادَس
بٔرمیو ئیشدرازٕ سَتہٕ رٚیش آس نادَس
قوالَن پوشہِ نوٗلَن راگہِ دیُت شاہ
سَماٗدھی یارِ تَل لٔج زیٚٹھ سادَس

دَوی ٲژھ واوِ رِنگ زمرٗد وِگلیو
شوٗنگِتھ اوس موکھتہٕ پوشَن مَنزٕ ہرِتھ پیو
دَوان ڈِزٕ تارکَو پارٕدی سَرَس دوڈھ
گَرزِل پھوٚل یاونُک اَنہار ووتلیو

یِہ ژٕہِ ہانگرُ وَنڈُک اَسہِ سارِنیٕ یار
یکُر آمُت گَنڈان بالَن چھُ دَستار
چھِ نیتھٕ نئی کلُر وَڈٕسی پَتھ کاٗلی آدَم
سَرَن بڑگ بیٹھی نَمبلَن موٗنگ چھٔے سردار

ہٕرد بێیہِ ووت گبہِ رٲچھن چھٕنے دِنی لَر
کھیٚلِس واسے کرٕتی روزُن ترٚوپتھ بَر
ہُنٛدرٕ لَبہِ آو وَچِہ ہُنٛدرس چھُ یاوُن
ژٕھکِتھ پٔرتھ طرفہٕ ٹوٹھ ہمبِچ ہُرِتھ سَر

کُلین بُتھ ہیو ہٕردن گوکھ زرد دِیار
کولَن پُھٹی کوٹھو تہٕ آرن روو رفتار
ہوا رِنٛگ اکھ لنٛجن وَچھ کاٗنی گبہِ نٔنی
پھوچن پیٹھ مرِژہٕ وانٛگن ترٚونٛگی وۄزٕلی نار

دِدر کولہٕ ٹوٗنچ، گٔل، دۆبی بایے کوٚستوٗر
ہیٚنزٕ کھ سُلِہ ہٕردٕ وَتھ گیٔ شُلشرٕنِش دوٗر
نِلیشِج سُنھج، اَنٛز وَنٛڈکی سالرِ چھ آہتی
چھُ پیران شین شُری گیٔ شاد مسروٗر

کھلس گو دانہٕ کمی لبن لاگنے کھٕژ
چھنےٚ وَن ژٕر، آرٕ گرٕژ کاٹژاہ یہٕ چھنے اُژھ
چھ ساٗری کاٗری گرٕ سوٚمبران ماگنے
تھوکہ ینہٕ راٗتی راتس داٗر اُڈٕ ڈٕژھ

کلا بوتس کران شرمندٕ سٕنی پوشس
دَیان سورگس چھ گرٕژھ پانس پیٚتکی گوش
گیوَن بیٚلہٕ جانہٕ ور مشہٕ پٕژی یہٕ مالیٚن
اَسُن ہہن سٕنٕدی جہٕ ڈٕل ڈٕنجہ روزِکس ہوش

ڈٕزیتھ دٕرمنس متیتھ دِیت یادَن ناد
سوتےٚ متی گرٕ شمہٕ گےٚ کوہٕ راد آباد
روپس دوٚپ آرٕ ولہٕ چھس جانہٕ کھوتہٕ چھٕژ
ہُمر چھم ژھوٚٹ مگر دُچھ تونہٕ چھس شاد

مہ وڑھی تو کار کوہلے رادن تہ آرن
فضا ئرچھتو اسن کیشت شالے مارن
بسرن متہ چیری تو ہوٹ غرضہ باپتھ
اسمنھ متہ ناد توہی دیتو وجارن

اگرنے روذی ون سبزار راون
نبس لگہ گشڈ تہ ور شہجار راون
ژھوکن دوہ ناگ ہوکھ پاں ژادرن ہیشر
گھہن گنژھ شوہ شبنمی شعر راون

اگر یم بونہ بل دوہرشس ژھوکان روذی
اگر ہم یار ون ژھوڈی ژھوٹی ژھوٹان روذی
سیکشل کڈ واش گنژھ ما ترلیشہ کامن
ودن یم کھاہ تہ کھل اسہ یم زچھان روذی

ہمہ ڈٲلو قدٕرتُک مېزان بایو
پگاہ کیٛا سپدِ کٲری تَو دیان بایو
مَہ وٕوی تَو وٕیٛہہ تہٕ وِش پلانۍ گرٕژھِ ہوگیر
دُچھو بُتراٛز وَردَن شان بایو

چُھ کُس تامَتھ برٛان رٔنگ کاینا تَس
دوٚہَس گٔے تاپھ پھتٕ شِہجار راتَس
کَرم تمٔی سُندٕ چُھ شیران رٔنگ تہٕ مَنظر
رٔچھو شامُک سکوٗن دوٚشلُن پٔتر باتَس

اگر ووٚنِد چاٲنۍ سٟتھ آباد تھاوِہ
یہِ دُنیا کیٛا سوٚرگ کٔتہِ ورگہٕ لاوِہ
ووٚن گو مٔنزی مُنزی دِزِہ شیٛہجار لوکُ
زمانٕچ گرٕیشمہٕ ژٕنڈ یِنہٕ سوسِہ ناوِہ

توقع چُھم تہٕ کرٕ ئے گٔژاوِ گٔژاوے
ژُھرے نظرا منّے چھَم لچھ سوکھ تہٕ ساوَ
مَنک دُنیا چُھ چانے بڑأنژ آباد
اگر پٔرھ چھے نہٕ مُشرتھ سینہٕ ہاوے

عَقلِ تُلہٕ وُپھ مگَر پُھٹِنَس وَتے پَر
عشقِ پَروازٕ کَرِ بَنہٕ پانہٕ رَہبَر
وۄنِدَس کَرِ نوٗرٕ ہٕسرِ پٕراگاش عشقُن
دُزِتھ پیٚن گاٹٕہ جاٗرِکی پٕرأنی دَفتَر

پۄتٕلی ساأری پُھٹِم گٔرِ ہِتی تہٕ ژٔرِ ہِتی
بٔنے شوٗنٛکَس مَنٛز اَہتٕری آسَن مٔنے کٔرِ ہِتی
کٔھٹِتھ چھَنہٕ کانٛہہ ہَنا موٚیَن ژٔنے چُھے حال
خَبر چھا کأتہَن اَتھ مِیٛشأنی پُھرِ ہِتی

دٔوٚپُتھ ییٚلہِ مَنگ تہٕ تیٚلہِ دَرشُن مےٚ ہاوُم
بَرس ٹَل جاے دِم بالَن ہہ چھاوُم
ئٔدہٕ رِچھی تاأبیا دامَس مۓ چھَم لار
گژھی ییٚلہِ خوش تہٕ تیٚلہِ مَس پیالہٕ چاوُم

کُنبر شوبان چھے ہہ تہ چھُس کُنُے زوٚن
ڈُلتھ تَن چھم مگر روٗح چھُم مےٚ نیتھ نوٚن
بچھُس آرُدٕ متیو ہارُد دُزتھ پیوٚس
ژےٚ روٚس دوٗنی کأنسہِ ہُندٕ روٗدُم نسأوٚون

غمکہِ شہلابہٕ بوٚڈھ بیٚیہِ لاگتھم ناو
گِندِن کأتیاہ چھ تقدیرس گِندنی داو
مےٚ پَڑِھ ہندِ یارٕ بلہِ چھم نأو شر تَن
اگر ہَن ہَن دُزیم زانِہہ ماکرے گژاو

دوٚتدُم یاوُن یمَن رَتم دوٚل دِنتھ ژُلی
سیکیٚل چھُم باگہِ کتھ دِل ہارِنُے بُلی
دِلس چھم شأدی ییٚلہِ پٔرِژھ گأرٕ کرہَم
دَپے پھیٖرتھ ژٕ کر اِنصاف ڈُلی ڈُلی

پھیش سۄچِس دِ ترٛاو سأیٚ گالَگَل
پان رَزِ اَن تہٕ وات مانَسبَل
ڈیٛان دارُن چھُ گیٛانہٕ سَرہیوٚن وۄنت
کیٛنٛہہ نہٕ پٔراوُن ٹُلُن چھُ أنَس کَل

حسین تیٚوٚتاہ زِ زیٚوِ چھنہٕ باوِنُک باش
أژھیٚل تیٚژھُ یِتھ زِ لولَس رٔوٚدِ اَبِلاش
دِوان ییٚلہِ گاہ ہیوٚان اَفتابہٕ مَنٛدچھُن
اگَر ژھارُن ژٕنے چھُے تُل أندرٕ پُرخاش

وُزان کَل چأنی چھَم ووٚنٛدٕ مانٛچھ کوٚل زَن
وَزان چھَم دَرٕدٕ نَے وۄلسان ہَن ہَن
بخش بخشُن ییٚمِس چھُے دین دُنیا
پُشرَے پان ژٕئیٚے پمپوشہِ پادَن

ناو یامَتھ ہیۆنُم تہٕ ووٕلسبو مَن
ژھاے وُچھمَس تہٕ سُری گیٚیمَ ہَن ہَن
بۆڑ عنایَت کوٚرُن زِ دوٚپنَم پٕرار
آسہِ لوٚت لوٚت پکان تھاوَس کَن

وِونتھ کتھ ہیکھ زکَتھ چُھ پاٹہِ دی ڈٔل
وُنی چُھ تاپُل تہٕ وُنی چُھ تارکھ کھٔل
کیٚنٛہہ نہٕ مَنزٕ کھتی تہٕ راوی کیٚنٛہہ نَس مَنز
ساس عالَم منٛے اَسہ نظرَن تَل

پوٚز چُھ کیٚنٛہہ نے زہ کانٛسہِ اَتھہ ما آو
تِی چُھ سورُے تہِ یَتھ نہٕ سپدی ناد
یَتھ نہٕ آگُر سہ آگرَن ــــ آگُر
دارِ تہِ پھِرکھ اَندر اَتھہ پٔرِنہِ ناو

تصوٗرِ چانہٕ سپدم نوٗرٕ سٕری پان
پوٗکُس نکھ تل تہٕ راوِم دٕنیہچ زان
کتھن پرٛارے منٛے پکنک سار ما چھُم
نظر کرٕتم منٛے نیرن ساری ارمان

نیندٕر چھاوم نہٕ دوہٕ رٕش راتھ راوِم
چھوکن رنٛیہہ دِتھ ژٕ وٗچھ محفل سجاوِم
زٕژن ہُند پرٕنگ گوٗرم نا چانہٕ باپتھ
کنڈٕہن کرٕتن پنٕنی آیژ منٛے تھاوِم

زٕہر چھتھ زندگی ہہندی دوہ گذارِم
سٹھے رٕوزِتھ منٛے کاتیاہ تارٕ تارِم
اَسان رٕوٗدُس وٕدن لایق دوہے گوم
پنٕنی ارمان پننے پانہٕ مارِم

قرارِ ے باگہٕ چھُنہٕ پأرِدی وُجوٗدَس
گرٛژھی لَرٕژھ اوٗڈ اُڈس بنہٕ مو کھتہٕ روٗدَس
ژٕہس منٛز ساس رَنٛگ ڈیشان دُنیا
حصٕہ چھُنہٕ کینٛہہ ژٕھرِس نام ونموٗدَس

ژُھکھ آگرُ تہٕ ساگرٕ چھی ژٕرے تأہٕن
قُمیٛشُر پرٕ ژھیوٗن تہٕ پیٛٹھی کنٕز زاگہٕ شأہٕن
اُکِس کنٕز پھرٛژھ تہٕ بیٛیہ انٛدٕ جونہٕ بأزی
گلان وُچھ وُچھ چھُسے تأپس انٛدرٕ شہٕن

پہٕ گرٕ قوبوٗ کرُن یوٗزو پگاہ تام
حسیٖن صُبحس پتے آسمان وِہُل شام
پکان وأنسا گیٖی اتھ اوے اَفسوٗس
توٗرُے ما فِکرٕ وَن سأکُس دِپی گام

حَیاتکی مَس چھٚوٚری دوہ رأوی اَفسوس
پُھلےَ گیہٕ ڈوٗکھہٕ بُزی چھم کھرأوی اَفسوس
یِمےَ کأنچھم تِموٗ شری پیٚٹھی گڈٕم ژھَٹھ
مٔنے سَگہٕ وِم گُل مگر گٔنڈی چھأوی اَفسوس

ژٕے چھےَ مَس مَلرِ بٔری بٔری باگراوُکھ
رِنٛدَن دُنیا یُتےُ آباد تھاوُکھ
ژٕ چُھکھ حاتَم بخیلی ہٕنزِ ییٚ پام
ہٕ تھاوُکھ کرٛلیشہٕ وٕنی نَبٕر نارِ جاوُکھ

ہَتو زٕیوٕ زیٚٹھہٕ وَقتَکُ چُھکھ ژٕ لُقمان
یِمَن سوٚت سوٚت کٔھتَن چُھےَ ماشچہ پیڈان
ژٕ وایکھ زٕلوٕ تہٕ قبرَن گٔلُر گژھان وٕتھی
کَران چُھکھ اَرژٕ کالَن خانہٕ وأران

پہ ژٕنٛدن وَن مَنکُ کوتاہ چھُ شِبتل
چھوان رُم رُم گژھان زٕن سوٚری چھُپے مَل
وٕزان شَش کَل لگان مِضراب تارَن
یوہے دُنیا پَنُن چھا وِکھ ژٕ کرٕ کل

بَصارَتھ دِم منٛے یُیتھ روٗزِکھ اَچھن تل
مَنگُن کیُٛت چھُم یُتے کاسُم منٛے گانگل
ژٕ چھکھ پٔردن اَنٛدر اَسِتھ تہٕ روشن
بَرٕمن زِگِتکی منٛے کرٕہش جاڈی ہانکل

دِہم نا ناد تَن شٔینٛہلِم پھولِم مَن
بٕہ چھُس پَرٕہ ژھیٚون تہٕ ذٔرٕش چھم منٛے ہَن ہَن
سرَن ہُنٛد سرِ ژٕ میٚژرِ مِرتارٕ گوسے
سُدرٕ چھکھ آچھ گوٗمُت قطرٕ کوٚہ چھُہ ہَن

شوق وَنھرس وَتَن اگر مےٚ واتہم یار
اۄبرٕ پڑنگ شیرٕ راٗژ گَٹہٕ دِمہٕ نار
ژِھمبرٕ سۆمبرِتھ وَتَن یہٕ زالَس زۄل
واوِ وَنتَس اٗچھَن مےٚ لُجِھٕتھ دار.

یہٕ گَتہٕ رٚینی ئژ نہٕ چھےٚ چاٗنی نہٕ میاٗنی
یوان ئژی ئژی گڑھان زَن آسماٗنی.
پھوان تیزاب زَن پَشمینہٕ پَلوَن
ژَلان ییٚلہٕ ژٕنڈ اَکھَس دِتھ نوجواٗنی

چَھیا فُرصت مےٚ مُژراوَکھ دَچھچ داٗر
وُچھکھ ژھیٚونمت جِگَر اۄڈٕ دِی گَمتی ناٗر
چھوکَن چھا اَندیِیا تارک نبَس گرٕنڈ
یہٕ چھُم زُوٗنک ثمر تھَز چھم توَے کاٗر

چانہِ پرتوٕ منٛز راگہٕ کوسم پھٕلی
ژھاے وُچھِمَے منٛز داغ سارٕی ژٕلی
شائرٕ رس چوم یام ہیٚوٗنمَے ناو
روز ساتھا ژٕ ژٕلی مساہ دِن ژٕلی

میشانہِ محبوٗبہٕ اَز تہِ یکھنا یور
وٲنس سوٗرم ییٚتی بٔرس دِتھ تور
لوٗکہٕ کٔنہ چھِم چھوکَن پیوان تیزاب
تھٔنتھرٕ نارَس ژٕ وَنتہٕ کیاہ چھُم زور

شام سپدِ لو منٛز یاد پیو کیاہتام
اَز چھُ تَس یُن سُہ آو ما از تام
یارِ گٔیہِ لَس حوالہٕ کورمَس دِل
نیٚلہٕ اُسی اُسی گیٚیس تہٕ موٗنگنم جام

یہ دَرشَن دأر مُثرِتھ کَرَ مَسأبَڅد
یوه ہیَے چھُم سبوکھ یوه ہیَے چھُم پَرمِ آنَڅد
اُچھَن چھَم ڗھانپھ کاسُم کیاگرڗھی کَمَ
وُزہِم شَشش کَل وو څدے نیرِہِم شِہچ سبڅد

سِیاست کارَبن سٹروگہِ سٹروگ چھُ بابار
ضرورت چھےَ نہٕ خَرچاوِنی چَیڅدِج ہار
وُچھکھ ییبتہِ یُتھ تتبن تیثھ پأتھرا لاگ
اَتی گیینی لَد اَتی کَرَ طوطہِ گُفتار

پُجو رُٹ حأکمی دڑالوَ اِمامَت
مَشدِنی ڗوَرو تہِ ہیٔشر ہاوِنی کَرامَت
قَتل ییمی کور سُہ گوَ وَقتُک اَکابِر
مُلک یُس لوٹہِ سُے گوَ سَروِ قامَت.

گَنڈِ بوٚ تژٕ پُرِس تہٕ موٚکلَن پانے ہاوُم
مےٚ نش نَے یِکھ تہٕ پانَس نِش بُلاوُم
کوٹھِن چھنہٕ سامَرتھ اَتھ سارِ ٲکی ٲکی
وَتھا ہاوِم کَتھا باوُم ہا مہٕ ترٲوُم

ژٕے روٗس کانٛہہ یار کانٛہہ دَگ دار ما چھُم
ژٕیے روٗس دِلدار کانٛہہ ژُکی دار ما چھُم
ہٕ پھِر بُتھ ہور کُن خَشمے نَظَر ترٲو
قَہر شیٚہجار چھُم آزار ما چھُم

پٲرِم اَفسانہٕ چٲنی رٲتی راتَس
گیوٚم جانانہٕ گوٚن چٲنی پژراتَس
تَصوٗر چوٚن ہیتھ پھیوٗرُس جَہاتَن
طَمَع تھوٚو تھَم مےٚ نِش ما آکھ ساتَس

# کٔھٹہٕ کوٚش

أسی یَکھہٕ ژٕڈ نیشہِ بُدی جاناوَر
کُلِن دَدرِ أندر دَم چھُٹہٕ تہٕ بٔےسَتھ
یَسہٕ آچھہٕ گٔمتی
تھکہٕ رَژھہ تہٕ گرٛھان چھا شیٖنہٕ رَزَن
زَر زَر تژوٚ پرٲوِن گٔنی چھِنٕے وُتَل
بُتھِ پال توٚنےٗ یمرازٕ وۄدٕنی
وُچھہٕ تُلنُک ہاوَس خاب ژھوٚرُے

أسی یِتھی تِتھی جاناوار چھِنہٕ کیٚنْہہ
سوٗنہٕ پچھِرِس تھَوِہَم تیٖر کھٔنزہ
کوٚستوٗرَس توٗتی دُینٛتھ مَٹکھ
وَن ہارِن أنگ وٕسر یُومُت
ژٔلی طوطہٕ شُلی پر دیسہٕ گٔوان
أسہٕ واپھہٕ دُژیوٚت گوٚتادَن پھو
کٔھٹہٕ کوٚش زانہہ سوٗریا زانہٕ تہٕ دَے

(۱۷، جنوری ۶۷ء)

# اِلتجا

دوستہٕ کارا
جانٛی یارا
میوٚن رُم رُم آیِتھ
چانِس فَنَس، چانہن اَتھن

جود چھُے اوٚنگجَن ڈلِتھ
چشمَن اندر خُسنکی ٹۍدہر
ڈٕونٛی ہیٚچہ پیٹھ توسہٕ پیٚچہ پیٹھ
چھُکھ ژٕ سوٚرگَس گوم گران

دین مذہب چوٚن فَن
ژٕ دھرُن حُسن چوٚنُے دَھرم

اِلتجا اَکھ چھم اگر تھاوَکھ قبوٗل
پٲرکَم گُلزار پٲرادِنۍ ژٕ نے چھی
جانا وَر وُچھٕ ناوٕ ہکھ آکاشہٕ پیٹھٕ
ہٕسہ ہَرُن ہانگل تھُرکھ شیٖرکھ اَتھو
زٕوٕ ہٕ کاٗشک سوٗن سوٗ مبر وِگنِہن ژٕ جبر
اَڈبر ہٕ گرٕی رٕہدار گرٕی دٕوٕ ناوٕ تکھ
کرسرن ٹسدرن ژٕ اَٹھ
آبشارن ہُند گیوٗن موچھ مَشرٕ ژٕ اَن
مرگہٕ ہنز شانتی ژٕ شہرن واتہٕ ناو
کٲنسہٕ ہُند چھپنہٕ رُوٹ نہٕ چھے اَٹکاو کانہہ
او! ژٕ ییٖنہٕ غلطی کرٕکھ
مَنشہٕ بُتھی یا مَنشہٕ صوٗرژٕ ییتھ نَسأ وو تلاوٕ ہکھ
پٲراوٕ ہکھ سیٖنز راوٕ ہکھ
پٲنۍ پانس کھر اَنکھ لوسکھ ژٕ نیاین ژھین دِوان.
کٲ ہتھس داتکھ پلکھ گتھ کتھ ژٕ سن
وَنتہٕ سوٗ تھرس پیٹھ ژٕ کتھن جاے دِکھ

کُس شیرہٕ کُس ترٛاوہٕ

صۄرژن پَتھ یُتھ نَسآ زانٛہہ مۄت گژھکھ
کأنسہِ پھۄکھ دِتھ صۄرژن یۄد شاہ دیُتُو
وَن ژٕ وَن اَدٕ کیٛا کرَکھ، اَدٕ کوٚت پِلکھ
پانہٕ سَپدکھ گِپہِ راوی سۄکھ شُکوٗن
چھُن فَن گژھِ ناہٕ بُزی یا شوٗرہٕ بُزی
حُسن گژھِ پامال پَتہٕ فنکار کُس
وۄسنہٕ کارا
جأنی یارا
میٚثأنی وۄنتی یُتھ نَسأ مُشراوہٕ

(نومبر ۱۹۸۷ء)

# شعر

3

نَے سوٗنتھ تہٕ نَے ریٚتہٕ کوٗلے وُچھ اَسِ چشمَن لٔج دٕہرانتھ سُلی
کھٹکارَن نبہٕ ڈٕنڈی ترٕڈٕ پرِتھ تھوٚوٕ فٔج ہرٕ دَن مٔژ بُتراتھ سُلی -
اَتھ مورِتھ شوقچہ سوٗنزلہٕ نیکھ وَچھ کورِتھ آشَن ژٕن کوٗرُکھ
رٕتہٕ میانہٕ ژٕ گچھ گٕڈ شیشہِ ڈیٚن پکھ زینتھ گرٕتھ دَرجاتھ سُلی
وُنی آیکھ وَلہٕ ڈیکہٕ مٔژرِتھ بیہہٕ دِلوٕ وأنسن ہنٛدی تم کھراوی ژٔلن
کمہٕ جار وُٹھن کرٕ وو سہِ بیہٕ وَق لگہِ شاٹھس دوٕکھ اَرساتھ سُلی

(فروری ۶۸۷)

# خاب

وُسہِ وُنۍ گَرِ بُنگرٕن شروٕنۍ شروٕنۍ
پایَل اَسہِ
لوٕتہِ لوٕتہِ اَتھِ ووٚب مُژراوِتھ
پۆد دِیہِ نہٕ پَتھَر
اَسہِ وُنہِ ہوٕشِجہِ دَپہِ اُچھ مُژراوِو

وَسہِ دوٕدِ کوٕل بالے ہکچہِ کران
کَنہِ گاگرِ تلہٕ لگہِ وِگنٕہن چھَگ
روٕچھ کٲرِتھ وَسہِ دَٹہٕ آرو مٔشرٕ
ہیٚیہِ اوٚبرَس رٚیہہ تھَدِ بنگرَن پیٹھ
ہِہی ٹھر وُچھہِ بُتھ دوٕدِ مَلرٕن مَنٛز
پَتہٕ شنگرو پِتی پیہِ میوٹھ صَدا
'سنوہم چھُ شَبدِ مَن شانت تھٲوِ'

(۳، مارچ ۱۹۸۶ء)

# رَتہٕ چھیٚپہِ لگہِ اِنسان

مَتہٕ ساٗ دِیتو کَرتلہِ کھَہَرن
وُڑتو دوٕ نِ یِم وان
وَتہٕ کاٗنِس کَنہٕ پَتہٕ چھوٕ لگہٕ متی
کھور ڈَلہِ گَژھہِ ما فان
رَتہٕ چھیٚپہِ لگہِ اِنسان ہَساٗ ہے
رَتہٕ چھیٚپہِ لگہِ اِنسان

سَمہٕ سوٚتھی لوٗرِنہ کانٛچھاں کیٛاِ چھوٕ
نارِس زالِنُن کار

شوٗرٕ گرِس یوٚد رَچھ کرناۓ دِد
اَکِہ بٔرٕژنِہ ووٚتھِہ گٔٹہٕ کار
بَد کاۓ شٕنچھت چھُنہٕ رُت پھَل نیران
بَد گوٗ رَد شیطان

میانِہ نٔن شوقَن ٹُکہ مَتہٕ دِتھوَ
اَکِہ ژٕہہِ ووٚتھِہ طوٗفان
رَتہٕ چھیٚپہِ لَگِہ اِنسان ہَساۓ ہے
رَتہٕ چھیٚپہِ لَگِہ اِنسان

(۱۹۸۷ء)

# وٲراگ

ڈُنٛل گاٲژ چھےٚ ڈُے یتھ شینہٕ شہرس
ڈُہتھ گوٚ ہرِیہِ اَتھ کیٛا چارٕ سوچوٚ
ژوٚ پاسے آورِیٚنہِ دٕہہ وَلنہٕ آمُت
کرَوِ کیٛا شاہ ہنٛس گاٲژ چھےٚ کامن

وَتن پیٹھ ڈٲکرٕ ہپھ وٕدران راتس
دَندَن دِژٕ مژ چھےٚ کھٕھرنِ رامہٕ ہوٚنوٚ
ٲکِو اَڈٕ سارِ دَتہٕ پوٚد پوٚد رِنیوٗمُت

ڈُزٕنگین ہُنٛد جنگل برجستہٕ برجوش

کھیں چھنہٕ کانٛسہٕ ہُند ساٗری چھ پانٛس
جنوٗنس رٕیہہ ہیٚژن دزہٕ گاسہ کرٕ چہ تام
کھٕہن وٕیہہ ووٚو تہٕ گرٕی تعوٕیزٕ شورس

کڈو برکھ رخبر چھاکیا چھُ لانٛس
مشگو اٗہی تہٕ گُلی ؤسی پٔین ٹکاٹک
کُنی چھنہٕ روزٕہش دُنی کٔین چھٔپن جاے
خُداوندا ، خداوندا رحم کر

(جنوری ۸۷ء)

# أہی

وَقتا گو تِتھٕ یِنہٕ سَمکھے یکھ
ووٚنی چھُم پتھ کُن پرٕ ژھینۍ یاد

یہِ چھیٚ سوٗے جوٗے ییٚتہِ گوٚڈٕ سَمکھے یکھ
ییٚتہِ نٕے چھُس از ترٛاوِتھ ڈاپھ
پٔرٛانِس پھیٚشرٕ دِتھ أنٛدرٕ کی وولسان
رٕنٛزٕ نادان چھُس پانٕے پان

سَمیٚک گَردِش پھیرٕنہٕ واپَس
کُنہِ وِزِ ہرگاہ پیٚوسے یاد
زٕ یوٚ پانٕے اَکھ أہی کرٕ زٕہم
دَگ اَنٛدٕ وَنٛد روٗزِن شاداب

سوٗرے سورُو سوٗرے کولہٕ گوٚ
وُنیٚژ چھُم پتھ کُن بس سوٗے یاد
دَے بوٗزِن تھٔوی نٔے آباد

(سنہ ۱۹۸۷ء)

# فنکار

کڑالہٕ
گاٹلہِ کڑالہٕ
ژھُرکیاہ چھُے ژھُرُن
میٚژ چھےٚ ژأرِتھ پوٚٹ
سکھ پھوٚل پھوٚل چھُلِتھ
ٹھاٗپی حاٗضر چھےَ اَتھَس تَل چھےَ ژلَن
ژٕرٹ دِوان گَتھ گَتھ ـــــ
نَژان ووسہِ ییتھ چھےٚ زُن کانہہ اَپسرا

چوٗن پٕرتھ قاٗلِب چھُ اَکھ بدلےٚ جہان
چاٗنی پٕرتھ تخلیق نوٕ نوٚو گُلستان
واٗنسہِ تھُری تھکھ بانہٕ ژٕھرووتھ نہٕ کانہہ
نقش ترٲوِتھ آنتِھ روٚس نَہناوی تھکھ
پَننہِ فنکاری ژرےٚ ژٲرِتھ چھُتی کرٕہنی

کالہٕ گوٚرمُت، کالہٕ ژھُرمُت شاہکار
صُبحنَس باسیوٚے اَڈ گوٚر ناتمام
پانہٕ ژھُرہٕ مِتی پانہٕ پھُٹرِتھ ٹھوٚس دِتھ
ڈُر دوٚ تلیوٚے پَننُے فَن وُچھِتھ
چھُے مَرحبا
شاباش چھُے
سانٔی پاٹھٕن چھُکھ نہٕ اَپزی دَم دِوان
سانٔی پاٹھٕن چھُکھ نہٕ کَرنے پٔنتی یِوان
سانٔی پاٹھٕن چھَے نہٕ لجُہٕژ مان مان

کرٛالہٕ
گاٹلِہ کرٛالہٕ
پَزِ فَنکار چھُکھ
چھُکھ ہوٚنرِ ہُنٛد گاشِری مُنار
پانہٕ بوٚڈ فنکار اَسِتھ تجرُبَن چھُکھ پھاہ دِوان
چانہِ فنکأری چھُ جَے جَے کار میوٚن

(۱ اکتوبر ۱۹۸۷ء)

9

# سوال

ہُے تہِ اَکھ آدَم
ژٕ تہِ اَکھ آدَم
ءٔ تہِ اَکھ آدَم
کَنہِ ما کانٛہہ پھوٚٹ
نَبہٕ ما کانٛہہ وۄتھ
تَل پاتالہٕ نہِ کانٛہہ ما ہیٚورِ کھوٚت
سأری میٚترِ مٕری ماجی زاے
تیٚلہِ اَسہِ بہن کُس
دۄرِ بر ژھہن کُس
تَلہٕ سأ ژٕ ہتھ دِتھ سأری سوٚچِو
مےٚ چھےٚ زَن سوٗچَس گٔژھہٕ راے

پوشہٕ رنگہٕ کارٕنگ یاوَن باغس
نیلی وۄزلی سۄ نہآری تہٕ مخملی
اۄس نہٕ گُلالس کاُنٛسہِ تہٕ داغَن
گوَ نہٕ گلابس یٕرم خوشبوٗیک
کوٚر نہٕ اناربوٗ شرمندٕ جافرٕ
بٕرٕیڈی زانہہ تھیٚوک نہٕ زِ زیُٹھ سارِن چھُس
آیہِ یٔنبرزَل لوٗشچہِ لمبس کُس
مسولہِ ڈٔر چھُنہٕ کُنہِ زٕ تہٕ پھولنس
کوٚنگ پوشن زانہہ کٔرنہٕ موٗلچ کتھ
لاجورس دُشمن چھُنہٕ سوسن
تھنہِ وَل آیہِ تہٕ ژٕرج پوٚنٕت کھوری
کوتاہ میوٗٹھ یہنٛد ژھوٚٹ دُنیا
سوٗ کھ سمسارا اَتہِ چھُنہٕ نیٛاے

دِلہٕ یِکھ نیرِو تیر کھیٚلِس کُنٕ
ناہدی کاُتیاہ کاہزری کیٚتی
کاُتیاہ چیٚٹہٕ کٔر یٚہتیار چھُہ کیٚتِن

نَیہِ نَیہِ پھیران ژھالہٕ دِوان
یِکہٕ وَٹہٕ سأری دۄنٛد دِنہٕ نیران
یِکہٕ وَٹہٕ سأری کاسان ترٛیش
روٗم کَران چھُنہٕ اَڈ کھسو توٚسِس
کاژُر چیپرِنہٕ کرٕ ہٕنِس ہۄٹ
ہأرِس نابدٕ چھُنہٕ کھرٕکہٕ ناوان
نیشہِ بُدی أستھ چھُکھ سمہٕ ژار
تَلہٕ سأ پرٕژھی توٚ پننِس پانَس
اَسہِ اِنسانَن کوٚ بَد راے

(۱۹۸۷ء)

# مَنٛدوٕر

10

گگر لگیٚ ہتی چھ یتھ مَنٛدرِ ہیٚرِ بوٚن
یِمَن گیٚیہٕ وآنسہٕ اَتھ کوٗران أنٛدری
وَسان چھُس بور تھر سہِ پَتھ چھُس اَدیٚزان
گُنس گُنٛی گُڈس لیُس شیٖرٕ تلی پوٚک
گرٛنٛڈِن چھس ناس گاشہٕ رٕیم دِرامَن
بَرَن ٹنٛگ چھوٚنی تہٕ ہَنٛگ آمتی چھ نیٖرتھ
چھیٚ کھٔرہٕ مِژہایہِ رَزہٕ اَتھ طاقہٕ دارِن

وُچھن والین چھ تعجُب وُڈھ چھ ژاپان
دٔرِتھ رٕتھہٕ کُنی چھیٚ لُر ساری پریشان

نوٚے ہش نوٗلہٕ ذاتھا اَتھ مَکانَس
نیٚے سَنٛگاہ أچھ نِوان کوٚرِتھ چھ لوٚکَن
أکی دِگہِ رَتھ چھُلتھ والان مکانَس

یِمَو ہیٚوٚک دژاے تِم مَنٛدوٕر تژاوِتھ
سیٹھا گٔے بالہٕ بُنٛزِ چھپیٚپہِ لگۍ زمانَس
اَڈٕ بوٚ سیٚکہِ شاٹھ ژٔٹۍ، اَڈۍ شدٕر پٔتھ گٔے
بٔے گرسپدِتھ زٕوس بَس رٔچھ تھاوِتھ
وٚونۍ رٔو دُکھ نہٕ اَسی کَم اَسی کوٚت واتۍ

چھِ وونۍ مَنٛدوٕرِ مَنٛز بسکین کٔژ تام
وَدان وُدۍ وُدۍ کران تِم شام صُبحَس
خَبَر چھکھ وُنۍ نہٕ وُنۍ پیٚیہِ شیرٕ لَب بیٹھ
خَبَر چھکھ اَسی چھِ بے دَسگاہ — کرن کیا؟
کران شُکرٕ گٔن چھُ یتھ مَنٛدوٕرِ دُسوار
یہِ پُژھ وانٛسَن تہٕ دلہٕ دوہ سانٛۍ نیٚرَن
اَچھَن تَل آوٕرِینۍ چھکھ اَس وُہرِتھ

(جُلے ۱۹۸۴ء)

# نظم ۱۱

تیۄل للہٕ ناوِتھ
کَتھٕ اَنزرأوِتھ
حَرفس حَرفَس لفظَس لفظس ووٚنٕدٕ مُژرأوِتھ
وٚیھہٕ کُمۍ کُمۍ کھیو
پَے ما سأے چھُے

کُس لوٚگ داوَس
ترٕٹہٕ وِجہٕ داوَس
رَتہٕ چھیٚنپہٕ کَٹہٕ کَنہٕ کُس لوٚگ ناوَس
کُس اَڈکھیو گو
پَے ما سأے چھُے

وَنہِ چھِی ساٲری
گُرِد زِنہِ یاٲری
رُت وَرتاٲوِتھ اَتھہ شہلاٲوِتھ روزان کَس چھِپے یادواٲری
پَلہِ تَس ما پٕر
پَے ما سأ چھُے

تَس پہو تاوَن
کھاہ سَگہِ ناوَن
ہیٚلہِ ہیٚلہِ پھلہِ پھلہِ کھَل سوٚمبراوَن
کُمی ترٕدُس دٕپو
پَے ما سأ چھُے۔

(۱۹۸۴ء)

# ناگ پوٗزا

أزِ سَرٕچھن بیٚلہِ تَس سُنی ڈُوکھ دِژ
نَشہِ آس سرٕوٗرن گُمہٕ سُری کرٕ
سترٚیٖہہ پھیوٗرُس اَمرِتہٕ ناگ ژٕہُن
رٕوٕ پہٕ کاے لوٗتیبیَس پھَمب پھوٚت زٕن
پیٚیہِ ناگہٕ نیٚنٛدٕر تَس صُبحَس تام
أزِ ژِھپیرِ گِنٛدان رٕوٗز خابَس مَنٛز

تَنہٕ دوٗتُس سَرٕچھن چادان دوٗد
تَنہٕ دوٗہدِشُس ڈُوپہٕ زٕد پان کوٗرُن
تَنہٕ دوٗتُس ناگَن پوٗز کَران ۔

13

# نظم

لۄ ہَرِ تھرِ تَل شبنَم ژھیپھ دِتھ بیوٹھ
تہٕ لوٗ تہٕ لوٗ تہٕ ترٛوُن ووٗش
اَرمان اوٗسُس دَچھ ترٛوٗٹ بَنہٕ ہا
دُب دُب سپنَس دِمہٕ ہا ہلیٹھی
ووٗش ترٛاوِتھ بیٚیہٕ شرٛوٗپ پانَس مَنز
اَسمانَس وۄل اوٚبرن نال
ہکہٕ دوٚتھ رُدٕ پھیٚور ہانگنہٕ کوچہ ہیٚوت
واراہ کالَس گوٚش دِتھ بیٚہِتھ
رُدٕ پھیٚور موکھتہٕ بَنِتھ پھوٚر پانَس
جوٚہرِ سپنَس دِیُتنَس چاک
مالہٕ بُرِتھ کمیٔ تامتھ آدُر
قطرَس دزوٚگ پھو کانچھن کٔرِتھ،
شبنَم قطرس موٚل کھوٚت، پُرزِ کِنی
اَتھہٕ تلہٕ تَس گیہٕ آزادی۔

# وٕنتی

شوٗرِ لمبٕس سٕنتی تھَر دِنھ موٗرلی وایَن والِہ
ژٕ ہلہارس گژھ وٕژ دِوان
دِیوٗ کُملَن وُٹھ یِتھ آکاشَس
اَسہِ وأنسا گیہ وٕنی تاپہٕ دَزان
موٗرلی وایَن والِہ میٚ گوٚژھ شہجارٕ وٕندَس
یُس کأمنی گوٚ
میٚ چھےٚ ہَن ہَن أندرٕی نار وُہان

موٗرلی وایَن والِہ میٚ بَس اَکھ وٕنتی چھَم
گوٚ شامُر سوٗرِی تہٕ گٔٹہٕ ہیٚوت کاڈٕ گَڈُن
آدیزٕ مقامَن ییٚنہٕ گژھَہ ہَم
ییٚنہٕ وٕسہِ یِتھ وأیکھ دیپک راگ

(جنوری ۶۸۳)

15

# سَفر

چھُونے دراُمت چھُ سفرس راہ مُسافر
نہ چھُس پَتھ کانْہہ زِیُس پراران روزِلِس
نہ بُتھِ دگ دار کانْہہ یُس ناز بوزِلِس
پیوُمت اَسمانہٕ زَن تارُکھ ڈستھ کانْہہ

کُنے زَون لوٗسُمت تھوکُمت ہر یُومت
پکان ڈوک ڈوک کرِتھ دلِہ وانہٕ کُن کُن
وُنِس تَل چھُس نہٕ چھِم کنھ گام وانُن
کھسان اَکِہ بالِہ کرِ تینتالِہ شاہ پھیُر
وسان بیٚیہ کھنگرِ دِمہ ڈوکس اندر تھکھ
یکے اند گامُت تتہٕ چھس ہُونی لاران
اُمتِس شہرس اندر رِژِہ چھس تُلان لکھ
یُتھے پکہٕ مرگہٕ مشرِ گُنڈِ اَس وہرن

کُنن کنتہٕ گو کُنی تَس پٔرِی بہٕ دنہٕ دُن
نہ ڈیچھن وِگنہٕ کُنہٕ کوٚلہٕ راد پھیران

## وَنے کیٛا دِوتھوٚ تام ڈاجھس وَتھ

ژھوٚنڈُن شُنیا ژھوٚکہِ سیکہِ پیٹھ دِژن ڈاپھ
سُمے روٗزس نہٕ یُنہٕ اِستادٕ گرٕژھ ہے

ڈُہان اوس سریہِ سکھ أَس نارٕ مَنقل
پھرٕ بِن اُچھ بس سُہ اَسمانَس وُچھان روٗد

چُھ تِنہٕ پیٹھ کاڈ دِتھ تِتھی جایہِ موٗجوٗد
کھسان چھُس شاہ بَنٛدَس کُنہِ چھَس نہٕ حرکَتھ

لُکو بیٛلہِ وُچھ دٔپکھ یہِ چُھ ریٛوٚخِش گوٚمُت لیٖن
مَنٛدٕ رکھوٚرکھ تِتی سوٚ نہٕ سیر لاگِتھ

یِوان دٔہدِش چھ توٚت بے دایہِ اَنٛزلکھ
کَران یوٗگی تتی اَنٛزکَل تپسیا
بٔنے سوٚ کھ روٗح توٚری سوٚ کھ باپتھ چھِ لاران

(اگست ۶۸۳)

16

# ڈگ

بَب، بُڈی بَب، ہَجِ بُڈی بَب ساڑی
یئیتی تھَنہ پے ہتی
یئیتھی میٹر شرئیپی ہتی
کھاہ کھَل تہوے تھُوی ہتی شیرتھ
کوہ کَجہ تہوے نلہ وَڈھ چیرتھ
نوّن کوڈ تہوے شارد پیٹھ

یئیتھی میٹر منز بیٹہ گاش امانت
یئیتی چھُ علی جُو یئیمی لَلہ نُووُس
سُبحان شاہ اوس یئیتھی میٹر پھوٗڈمت
گیوٗنک گنڈنک دُیتُنم ہوش
یئیتی چھے خطچ دبد

میٖانٛی خٕطہٕ دیٖد
کِہر کھَنٛڈٕ رٕوٚچھنَس
تَس وُدٕ زالان گامُک گام

اَز چھا بَیہِ مےٚ کَلہٕ تھوٚد تُلنَس
اَز چھُسہٕ بےٚ اَز وأے ابیٚاگتھ

کٔن اَسہِ تھوٚد نا پُرہِاس پوٚرَس
مارتنٛڈٕکی پَل ٹکھی کٔمی کٔمی تُلی
ہٲرونَس کَم آتھ پَلزٕے ہتی
دِج وٕولِتھ کٔمی ترٲوٕ شِکاری

کوٚنگ وارِبن کٔمی دوٚژِہ دوٚژِہ سوٚن ووٚد
دٕہتھ بَڑِہ کٔمی کوٚر تارکھ زوٗل

ژھکرِتھ کایہِ مےٚ پان تیٚلی دَگ چھَم
نَرِ چھَم راجستھانہٕ مےٚ تاپَس
زَنگہٕ چھَم أسَس مَشز نَتہٕ ہونِہ

وَنہِ چھِم سَتھ ڈٔکھہ چھُم دَسگیر
دوٗنی گوَ وُنہِ چھُم شاہ لِتھ کھَسہٕ دِنی
دوٗہ، دوٗہ جوٚراہ ساتھا پہَرا

بُنتہِ گَژھہ پانَس توٚہہِ پَتہٕ پھیرِ لہٕ
راس کُمآری تام مِلِکھ چھُم

پۆژُ بے گَر چھُس
پۆژُ بے سَر چھُس
بیٚنیہِ بے زَر چھُس ۔

(فروری ۸۴ء)

# سۄمناتھ سادھو

16

سَفَرَس دٕرامتہٕ ۔ دَردِلہٕ آدَن یارٕ
پۆت نَظرٕے دِزٕہے
ٹٔلی ٹارِ بٔہ وُچھہَے سَروِ قدَس
نَہٕ ماٗژ سو صوٗرتھ چاٗنٛز بٔہ رٕچھہَن چشمَن مَنٛز
وَچھہِ اُنَس تھوٗہا خال کھٔنتھ
خَبَرٕے ما تھاٗدِتھ کوکُن دٕراکھ

نُنہٕ پوشہِ کھۄلکھ سُلہِ سوٗنتہٕ
تہٕ ڈٕلی ڈٕلی ژٕراُدِتھ ڈاپھ
ژٕندرَم موکھ مَن اوسُے شپتَل
کَتہٕ آسے کوسَم پوش ہَران

یارَن ہنٛز چھنہٕ کَتھ
سَتہٕ ودہ پَرَن اَچھ رَتہٕ ژأنٛگی ڈٕہان
اۄدش ٹھینٛچہِ وَسان

سَفرَس نیرَن والہِ ژٕ پژٕ ژھنٔے دژاکھ
تہٕ تُوتَس نار ہیوٚتُن
پشمینَس کوٚرمُت اَتھر پَرُیٛن
لٔج پأٹس لَب تیزاب سَنیوٚس
تَھنہِ وَلہِ پیٚیہِ سُہٕ رُدگ کأر پھُٹس

وُنہِ اَسے اَدرے مأنٛز اَتھَن
ژٕرَے آدی ویگہِ دوٚ تھُکھ کوّت دژاکھ
وَیہِ بَتہٕ کھینہٕ وَتہِ ماتٕرلبٛش لَگی
سَتراتھ چھپے کَرِنَے واپَس پھیر

وُنہِ مَلہِ ہنٛدی پأٹھِن ہوٚدتھ سوٚ نٛدرموکھ نہٕ ژوٚلکھ

وَن چھێپہِ مَشر کھَتہِ مَتہِ راۤیِل گیہٕ
تھَدِ بالہِ وۄڈُتھک زَن آہ گیوان

اَکھ ژھال دِژِتھ
پاتال وۄڈُتھک
بُتھ خاب کوٚرُتھ

سَفرَس نیرَن والِہ ژٕ پرٕژھنَے دژاکھ تہٕ اَسہِ ژھُپنہٕ ٹھٲران اوٚش
اَسی پَرٕ ژھیٚنی گٔے
اَسہِ بٔڑاَنتی گژھان۔

(ستمبر ۱۹۸۲)



چھاؤم کَتہٕ اَنٛزراؤم وٲنٛس
ٹیٛشکہٕ پھَلہِن مَنساؤم وٲنٛس

اَکہٕ اَکہٕ دُدی ہیٚلہٕ ساری اَلی
گُنٛڈی تھَرِ پیٛٹھ گُنٛذراؤم وٲنٛس

ہے تِم دَرہٕ دِل ژھینہٕ یِنہٕ گام
پاں تیٚلر دَگ لَلہٕ ناؤم وٲنٛس

ہینہٕ دِنہٕ روٗستے گُنیَس نغار
پَدِ پَدِ دَتہٕ چھُکراؤم وٲنٛس

میانین زَخمَن موکھ چھُنہٕ نوٗن
ژَلہٕ وِنی وَیتھ اَتھ ترٛاؤم وٲنٛس

(٤٨٥)

٤

پان ہورُم تہٕ جان ہاۍرِتھ دۯاس
پرٛنٛتھ قیامژ بٕہٕ سینہٕ داۍرِتھ دۯاس

ژاںٹگی ریٚہہ اۍس گِنڈان وادَس سیتۍ
وَقتہٕ صحراوٕ ناو تاۍرِتھ دۯاس

ییون ہَنگ رَنٛگ چُھ دارِ دَجہ پاٹھۍ
میٚون وُچھ ساۍ زِ پان کاۍرِتھ دۯاس

ژھمبرٕ مبلِتھ چُھ تارکَن ییٚنہٕ وول
گاش پھولئےَ یہٕ موٚر وُجاۍرِتھ دۯاس

شام زیٹھو تہٕ راتھ کوٚہ پھو پیٹھ
دوہ چُھ قاۍتل تہٕ دَم سَنداۍرِتھ دۯاس

کاۍشرِ ییلہِ ہیٚوک تہٕ ٹھکھ تہٕ دیتُمَس نکھ
تونہِ دوٚپہَم زِ ماشہِ ماۍرِتھ دۯاس

(٤٨٥)

۳

وڑاگ سورٕ وَچھَس تلہٕ میٚنہٕ زانہہ داغ ژٕلی
شیشہٕ اُوسُس لوٗگُس تاوٕنَس آرٕ ٲلی

باٗنڈی وانَس ترٕڈوٚ مُنزی وُٹھَن پھوٚل اَسُن
یام آشَن ٲژِتھ شبنمَن جامہٕ چھٕلی

سۄنٛدرٕ نپرس اندَر قأتلَن ٲچھ دَرس
ہلچہٕ گٔری گٔری دِپان پھۄرِستہٕ وَژھ یارٕ ٲلی

چانہٕ بُری پیٚٹھی پکان ماںٛچھ کوٚل رٕوٚ کَران
میانہٕ ٲنی شہرٕ شوقَن گٔمتی پادٕ ٲلی

وَتھ چھِنےٚ کھوٚڈھ زٕ دنہٕ کانٛہہ سَتھ نہٕ آشے دِس
أسی ابیا گٔژھ تہٕ اَسہٕ کأنٛسہٕ زانٛہہ ژٕڈٕ نہٕ ڈٔلی

تِم وُشنی دوہ وٕلٕسی گٔے تہٕ أچھ گٔیہٕ نہٕ تَرَ
موٚہہ ہیٚر مُرٹ کھوٚٹ گٔیم رٕوٚدی پَتھ ہارہٕ أنٛلی

بٕرأنٛژِ بوٚنِس چُھ شیٚہجار گوٚمُت وُہِتھ
فاقہٕ فَقرَے وَنَے کیا پُھلِم کھورٕ پُھلی

سایہِ کوٚرمُت گُلالَس کٕرٕ ہٕنی رٕ یشمَن
یُتھ نہٕ زانٛکھ گوٚمُت چُھس یہٕ دیوانہٕ بٔلی

(اگست ۶۸۵)

(٦)

پُھکرأوِتھ چھُس سۆمبرأوِیُوم
پَنہٕ پَنہٕ گُرٕژھی گُرٕژھی اَبسأوِیُوم

جافرِ رَنگ مےٚ چھُ پانَس خوش
کَتھٕ سَکرِ کٔرِ یِتہٕ ووشلأوِیُوم

تُل کَترِس کٔرِ وا باپارا
ژھٕپہٕ پینہٕ اَفتابَس ہأوِیُوم

وَترِ پیٹھٕکِس چھا آسان ناو
نیرِو نیرِو مَنسأوِیُوم

رُوٗدِ بُبُر کھوٗت کَتہِ سأے اوس
پلہِ وَے نالَس ہَتر دِیاٗوِیُوٗم

اَرِ زُوٗ أسم یارٕ سے یار
لُوٗسُلس ووٗنی کَتھ پڑزٕناٗوِیُوٗم

زُوٗن کھینچ چھوٗ پانَس بڑاد
سوٗکھ موٗکھ کَتھ پیٹھ نہتاٗوِیُوٗم



راتس مَتہ گر دفن مےٚ اکھ اکھ آش
وَق چھ پارُد تہٕ ژ ہتھ چھ بوڈ پاداش

گانٹہٕ براربن کھُستھ چھ پاسکی دَر
شورہٕ باپاری یم چھ موٗلہٕ وان چاش

ناوِ والیو سٔدرٕ چھُ وولیو مُت
دِس سائے دِس رٔشو دِس ژٕمیاٹنی لاش

واوِ رٔنگ اکھ تہٕ کار پھٹ ژاٹنگس
زندگانی وُنیب تہٕ تارکھ گاش

میٲنۍ کَتھ ما چھےٚ بابِہ کَنہِ دِنۍ کٔنؠ
سو چھ زٕمینَس کوٚرُتھ تہٕ ژھَنڈ آکاش

کاوٕ بَب ژوٚل تہٕ شٕنۍ کِسر کھُژر گام
پژرود ہِی مالِہ رووِ زَنمکُ راش

میانِہ چھوچِہ تَل ہہ گِنڈ ژٕ آتش بأزی
کَاہہ پَتش چھُم تہٕ اَتھ گرٕژھم وُنی ناش

(۸، فروری ۸۴ء)



نَژَن وِگنہٕ دوٚلسَن چمَن خاب ژٕھرِو
وَسَن پٔرِ یہٕ پھوٚلی یوسمَن خاب ژٕھرِو

چھےٚ گٔژنام ژِہِ زِندٕگانی غنیمَتھ
دِلو لَتھ دوٚلابَن غمَن خاب ژٕھرِو

خَبَر چھا اَتھُک دوٚہ چھےٚ کمی ہُنز کرامَت
چھُ وُنہٕ بوشِ مأنزِ نمَن خاب ژٕھرِو

جوانی چھےٚ دوٚہ تارٕ یَس واوِ رِنگ اکھ
چھےٚ کیا وأنس گُلِ بادمَن خاب ژٕھرِو

زُوَن باتھ تھاوِو چھُ مَس میوٚٹھ پارُد
چھےٚ تیہِ اَنہ تہٕ روٚسِس دَمَن خاب ژٕھرِو



اوس پارُد قرار کتھ کرِ ہے
پژار ہے انتظار کتھ کرِ ہے

نیلہِ ٔسرِ وَچھ پیٹھس چھُ تارکھ نَب
گنُزرِ ہے کیا شُمار کتھ کرِ ہے

آوریتہِ پیٹھ سُہ وأنسہ وَنہِ وال رُد
مرگُزارس بہار کتھ کرِ ہے

وأنس سأرے چھپنے ٹھانہ وُزہ گانگل
دون گرین سو کھ نثار کتھ کرِ ہے

تھتھر نارن سُہ بُز تہ گرِنس ژہنی
میانہِ کتھِ پیٹھ وژار کتھ کرِ ہے

پیٹوس تاوَن تہ چون راوَن تیوٗل
نندرِ زول اَکھ بیمار کتھ کرِ ہے



ہنے یا مٕتھ چشمہٕ مُشراوِم جوٲنی اُس سورے مٔشر
اَتھس رٕکھہٕ یام ہُہناوِم جوٲنی اُس سورے مٔشر

یُتھُے بیکہٕ شہٕر منٛز نیرتھ بہارس کُن لَجِے یم وَتھ
اَمار چہ تارٕ وُزناوِم جوٲنی اُس سورے مٔشر

طمع او سُم نبَس ہیمہ وونت تارکھ لاگہٕ دامانس
وٕہ ٹنٛدس بیلہٕ دار وَژھ ترٛاوِم جوٲنی اُس سورے مٔشر

دوٚچکھ یتھ مرگہٕ منٛز لگہٕ وِگنہ وَنہٕ وُن سریہ وَرسہ گنٛدنس
یمے کتھٕ یام تس باوِم جوٲنی اُس سورے مٔشر

تُمس نوزُک بدن گُل رُخ نِگارس سروِ شہجارس
ییٚمی گرٕ شاندٕ نرِ تھاوِم جوٲنی اُس سورے مٔشر

(۲ مئی ۱۹۸۴)

۹

کَیُتھ سأگرٕ تِم کِتھی گرَ وألی
یم گئے ٲبلی دِنی ہینزَن زألی

رازٕ بَلس چھیٚپہٕ وأنٛس دِژٕن
ٲکھ شیٚہجارٕ آو سَوألی

قَطرَس قطرَس چھُس کرٕلیشان
مَلر بوٕ مَس بأگرُ کَلہٕ وألی

میٚثون وَدُن چھُے بے آواز
اَنگہٕ اَنگہٕ گأمتی چھم تُتہٕ وألی

شہرس لَتہ دِتھ ووتُس گام
تتہِ اوس گاہے ژوٗلمُت باگی

گنڈ اُندی اُندی گنڈ گنڈی پلیار
یُتھ ترووِتھ وَنہِ ین پلزن وائی

کائنسہِ مہِ گزھی تَن میانی وَنَن
سُمسارن کم گنٔدر گائی

(مئی سنہ ۱۹۸۴ء)

۱۰

قاٗفلے واٗنسہ ہُنٛ گرٛدِ بُزی گو دِلو آش کوہ سہ چھم
لو کچار چھپیر تھ ییم
قاٗذِ سمین کوٗرُم باتھ ژٛلنس نہ کانٛہہ بایہ کیثھ اوس
مو کجار چھپیر تھ ییم

مرٛگہِ ڈُبہٕ ڈاس گو باغ سوٗنتے ہرٛپو کانٛہہ اکھ پوٗک نہٕ
نکھ تل زِ وٛنہس ہٕنٛ
کھوٗ کھشہِ ٹِکی ٹِکی کوٗرُم تار چھارٛن چھمبن سامرٛتھ چھم نہٕ
رٛفتار چھپیر تھ ییم

پٔژ پٔژھ مہ کٔمی کیا دیُتمُت پٔژھ مہ کَم چھِ پَنٕنی گُنٛز زٔنِس کتھ
سبٹھاناد ہیٚون کیُٹ نہٕ کانٛہہ
ہاوٕ باوا چھُ وہٕ ہار زِگتنک لگے بٔرأنتھ ترأوِم سُہ
دِلدار پھیپِرتھ ییم

اوٚبرِ وَرقن لیٚو کھُم اوٚنگجِ کرٕ کرٕ قلم ویٚہرِ وقتن
وتھے دِژ نہٕ ؤنس ستم
بُرُنز تہٕ ماگو بدل مُتھ سپُن دوستن زِ بوٗژھم کیٚنھ چھُ
گفتار پھیپِرتھ ییم

لوٚکہ ارسات مُنٛزی دژاس ہنجاری ہیوٗہ خوف روٗدُم
کھٔمبرٕ سیر کٔنی ماتُلن
مٔتی زمانس اَندر ساری سے اگنیا تار ژھینی متی چھِ کُس
یار پھیپِرتھ ییم

(جلیے - ۶۸۴)

## ١١

وَن کَتہِ تھاَوِکھ ہیمہٕ وَنواس
یٔیمہِ بُستِپہ تُلنَم تَلواس

ہأری مَنٛدُیت یِنہٕ ڈالی کٔژ
شوٗرِ لَمبَس تَل کُس لبہِ لاس

یارَس یارَس تھاَوِ زِ وۆن
یارو یارَن کۆر ڈُبہٕ ڈاس

تَمہِ شَہرِچ زانِہ تُلی زِ نہٕ کَتہ
یٔیمی شَہرَن کۆر شوقَن گراس

مَحلَسَ مَحلَس موتُن پھیوٗر
بُوزُکھ ییٚلِ رَٹِہ ہاپُت راس

گُنڈرِ زالَس بیٚیِہ لایَن توچھ
ہوکھُر دأُسَن ہُشد لَتِہ داس

بوزَکھ نا چِکھ ڎِتِہ مُتی آب
ہوشَن مَتنز ما زاڎہ پیٚوے تاس

۱۷

مائے رؤنۍ نۂ تراے بدلان وُچھ
راے ژُچھ ژُچھ تہِ راے بدلان وُچھ

سجدٕ کس کس کرکھ تہٕ تھاوکھ جلس
پژنھ زمانس خُدائے بدلان وُچھ

راتھ مُجرِم تۂ از تِمے مُنصِف
آے سورِبۆ تہٕ آے بدلان وُچھ

شورٕ گرۍ محلہٕ ڈراکھ کانگرہٕ ہیتھ
واو وہ تھفنے چھنے لاے بدلان وُچھ

ناوٕ بدلی چھنے ما گرٹھان دہ ہدِ شُ
ملکہٕ دالین تہِ جاے بدلان وُچھ

13

توبہٕ پَرَ توبہٕ کَرَ بُتھ چھُ آبَس بَدَل
تاپہٕ کُنہٕ پأٹھی تَرَ بُتھ چھُ آبَس بَدَل

پھیوٚٹ چھِٹےٚ پھیران خَبَر چھا کٔمِس وٲلِہ پرٛتھ
روزِ حِبسہٕ تھوٚو خَبَر بُتھ چھُ آبَس بَدَل

وونی ہٕ گنگا یِہ بٲٹھی اَکھ تہٕ یوٗگی بسان
گَرٛتھ ترٛوٚوِیَر دارِ یَر بُتھ چھُ آبَس بَدَل

تارکَن وۄنت ہیتھ تھَکھ چھُ بُترٲژ پیٹھ
تھبکھ مہٕ تھَزرٕ سےٚ تھَزر بُتھ چھُ آبَس بَدَل

گاشہ اَنباہ کرِ لوب نہٕ انسان زٕ نٕہے
سَپدِ نازِل قہر بُتھ چھ آبس بَدل

کوچہ مُشرِ ژل چھ سَٹرکن ازرُون تہٕ تیوٗل
نظرِ لاران تبسم بُتھ چھ آبس بَدل

گیُنڈ غُلیلن چھ راتس توے پَش وزان
پوٗز وُنن گوٗ قہر بُتھ چھ آبس بَدل

چارٕ سازن ؤنو روٗز کوٗسہ وَتھ تہٕ ؤنی
سَپدِ کُس چارٕ گر بُتھ چھ آبس بَدل

(۱۶)

رأتی راتس چھ پش وزان گاہے
دزنہٕ روٗستے چھ دِل دزان گاہے

پأری لگہٕ ہے چنٛدس ژےٚ چھی کرٕ بھتی
کُفرٕ پأٹھ تہٕ دِکھ اذان گاہے

وق چھ قأتِل کھیں نہٕ پانس تام
شپنہٕ کھٹہٕ کارٕ ویتھ گرزان گاہے

نادِ وأٹھ کران چھ پیروٗنی ناو
کالہٕ گٹِہ منٛز تہٕ نب بٔرزان گاہے

زانٛہہ تہٕ بیوٗٹھے نہٕ ساسہٕ پھِر وٗنمے
اپُرٕ دوہہِ ش تہٕ پوٚز پزان گاہے

(۱۵)

بُتھِ چھےِ گرٕشمِنٕ کرٕاے گرٕٹھاکھ کوٚت
ژھاین وُزٕھ لٕسہٕ راے گرٕٹھاکھ کوٚت

یٔیمہٕ دیٚدِ تھَلِہ تھَلِہ وُچھنَے ژھاین
تَس وُزٕھ اَش دَدرا ے گرٕٹھاکھ کوٚت

پاں ٹُدرَن پیٹرولکُ وَردَن
گَتہٕ چھےِ چھپنَس جاے گرٕٹھاکھ کوٚت

نَتہ دَن چھپیہٕ مَنٛزٕ وُنہٕ دَرٕ دَرٕ چھےِ
کوٚ چھےِ سیٚکہٕ رٕپیچ ماے گرٕٹھاکھ کوٚت

چھِی نہٕ شٕتر ییم ہُتہٕ ییٚتہٕ چھکرِتھ
ماری پَنٛنی ژھاے گرٕٹھاکھ کوٚت

نَزٕوٕنی رَیٚتھہ یَس یاوُن یاوُن
وٕنگلےیَس روپہٕ کاے گرٕٹھاکھ کوٚت

(ستمبر ۹،۷۶)

۱۶

ژٕنے کیٛا لاری کھتھَن میٛانِہِن مَسائٕن
ژٕرٕ لاری کھتھَن میٛانِہِن مسائٕن

مےٚ کیٛا اُسُم پَنُن یَتھ تھاوِہَس گرٕ ژٕند
مَنگُس داری کھتھَن میٛانِہِن مسائٕن

چَھیا فُرصَت گرٕ کھ شاہ پھشُیر تہٕ دِکھ دَم
وۄہ ژٕندرے تھاری کھتھَن میٛانِہِن مسائٕن

ژٕھوکان اَچھَرن چھُہ شاہ تَتھ آگرِس نِش
سَنُن ماری کھتھَن میٛانِہِن مَسائٕن

رِہَل باٹطِن سَزران اَندری چھُہ پانَس
ژٕنے تو ساری کھتھَن میٛانِہِن مسائٕن

بَنان چھُے نا ژٕلان پارِدٕ دِہُل وَق
ژٕزَن کھاری کھتھَن میٛانِہِن مَسائٕن

۱۲

تھأر بانٛبرِ چھِنّے یتھ زمانَس لون
کُن نہٕ واتُن چھُ کاروانَس لون

قرنہٕ بُدی گےٚ نشان یتھ بُتراتٕز
تھکھ دیُنٕے چھُس نہٕ پاأنٕ پانَس لون

زیوٕ نہٕ لفظَن پھٕنی تہٕ وَنہَن سیر
پان زانُن نہٕ ارغوانَس لون

نظرِ وُسجار موٚنگ تہٕ کوٚت ساأ واأتی
بَس چھُ اَتہٕ گتھ ژھوٚرُے زمانَس لون

باأگراوان اَتے چھہِ ملریوٕ مَس
اِم اَکھ چھا شراب خانَس لون

(۶۷۹۱)

18

کاڈ دُیت لاڑ دار شَہرن چاٲنۍ
ژاپنوُس ئہ گار شَہرن چاٲنۍ

تیلہٕ سَڑکَن چھلان چُھ آدمی رَتھ
وُچھتہٕ کیا روٚٹ خُمار شَہرن چاٲنۍ

میانہٕ گامُک کٕنۍ چُھ وہسر ژومُت
توٚت تہٕ کوٚرنا ساٲتار شَہرن چاٲنۍ

ہوٗل بانگے مَژَر ژٕھرے دوٕ دو
کوٚڈ ہساٲ کوٚڈ جہار شَہرن چاٲنۍ

گاٲنسہٕ کانہہ ماسآ زانہٕ یتیمہٕ بازری
ژٕڈۍ شراٲفژ تہٕ دیار شَہرن چاٲنۍ

پوشہٕ باغَن سیدژود ڈیزَل دہہ
نورِ دِتھ کوٚڈ بہار شَہرن چاٲنۍ

(٦٨٠)

(۱۹)

وَق چُھہ اَبلَق ، واو ، آسمانٕی وُڈان
بَس یِوہ ہیٚے ہوٚہوٚ تہٕ شی چھیٚن پَچھان

کانٛہہ نہٕ کَنہٕ کَرِنَس شٕہج کَنہٕ آش ژھوٚتہٕ
اُتھی وُچھارَس مَنٛزٕ لمٕی لمٕی چھُس زُوان

شیٖشہِ کھَنٛجہِ ، اَہرِینہٕ ، کھوٚرِ نَنہٕ وور دٕراس
یُتھ ووتُس بایہِ پَنٕنٕی رَتھ چوان

شَہرِ والیو چھُم نہٕ ہیٚون دیُن تٕرآوی توم
نگرٕ نِپرِ تھ چھُس بہٕ پانٛدرٕ ریٚٹھن بسان

کاوِ یِنہِ وآلِس سو کَنہٕ یِیہِ وآری وونی
اَزِ چھہٕ آکاشَس فَقَط راکھِس نَژان

پوشہِ پَتھرِ ین سوسنو بوٚر مُت ہَلَم
گُلہ سیٚٹھا نوزُکھ یمَن خوشبوے کھَران

20

رۄد ما کیٛنہٕ   تۄے فراغت رۄز
شاہ چھُ یکہٕ ۄن نٔنی کرامت رۄز

گٔنڈی ہٕ گُلُک کأنسہِ دۄپ مُروتھ کرَ
کجکُلأہی پنٕنی سلامت رۄز

زِندگی نِش ژٕلو تہٕ واتو کۄت
رِشتہٕ ژٕڈی ژٕڈی تہٕ أتی قرابت رۄز

وَق چھُ وأناکھ بٔرم ژٕژھر بٔرۄٹھہٕ پکی
وُگ چھنے مو چھُ مٔنز یِہے بشاشت رۄز

تِمہ تہٕ کأتیاہ کِنان میٛش سو ہٕ مۄلی
أسی چھُ گٔنٛزرِتھ پھِرٕنی صداقت رۄز

میانہِ بٔری پیٛٹھی تہٕ پۄک نہٕ اسہِ ۄن دوہ
تو تہٕ دۄپہم یرے قیامت رۄز

21

کتھ سمیٖس باگہٕ آکھ دِلو
وونہٕ دہی لد بُتھ چھُس چاکھ دِلو

کُن کترہن نیتہٕ ہینتہٕ دیارن موٗلو
کر سودا بازر دڑاکھ دِلو

کُنی وانُج گرادش تھاو کھٹِتھ
ٹھُکھٹہٕ کرنے ژھنہٕ کھیے باکھ دِلو

وَق راسی گرژھی موٗلہٕ وان کتھن
نہ چھ وانی ویدی نہ چھ گڑاکھ دِلو

پینہٕ کھور ڈلی کنہٕ کنہٕ کرنے
چھُکھ ناوس کیٛت گر گڑاکھ دِلو

اسہٕ انٛدی وُزملہٕ رقص کران
ترٹہٕ وسنس کس کرِ ٹھاکھ دِلو

22

مٚنے چُھ گوٚب گومُت پَنٕنُے پان
تارکھ ترٛڈٕ چھِ ژٕ ریٚے شوٗیان

یَتھ شیٚہجارس مَنٛز شِشٹھنٛوس
پَنٕنُے گَرٕ چھُم قَبرِستان

تاپٕلی شَہرٕ تہٕ وولُن ڈوٹھ
چھیٚپہِ کُس کُس لوٗگ دَے زانان

یٔرگَس بٔرگَس کَٹھ کوٗش سپھوٚر
نٔتھہٕ نَنہٕ وَتھ چھےَ پَتہٕ لاران

ژَل بیٚمہٕ بُستی مَنٛزٕ ؤلۍ ؤلۍ
ژاگہِ چھ روٗزِتھ ترٛٹہٕ طوٗفان

اَکہِ بَرٕ نیٖرِتھ بیٚیہِ مَرِ ژاکھ
ؤنٛسا ووٚ تےٚ وَتہٕ مینان

چانہِ یِنٛچ اَکھ پَسہٕ ژھیٚنۍ آش
سیٚکی لِس مَنٛز زَن نخلِستان

23

ٔنکھی چھم پانَس پَننِی لاش
میٖتٕر مَرِ بٮٖیہِ کوٗرہَم وَتہِ ناش

اَکھ اَکھ کَتھ چاےٚنی نارٕ تیوٗ لگُل
یادٕ ےِ چھُنہٕ کیٛنہہ دۄد یاداش

نیٚتھٕ نٕنی سۭے دیٚتوم روٗخصَتھ
ووٗنی نا رۄُدُم داش نَداش

پارِسے گٔیہ اَز زاٗلوِ زوٗل
اِنصافَس ہیٚن اوٗنگجَن تراش

شہَر چ کرٚکھ کھٕڑ گامَن کٔنُ
سوکھ وِزِ پیٹھؠ زَن پہو آکاش

یٔمی وُچھ تٔمی سٕنٛد کھہٕ لٕہ وُن موکھ
تٔمی دوٚپ زوٗنہٕ چھ گاٗمتی قاش

زار گیٚنٛدُم زیٚوٕنُم دُنیا
ہارٕ ژٕ نٚے نِش سُے چھُم اِبلاش

مَرٕنچ کَتھ کِتھ موٗرُتھ کھور
زِنٛدٕ زوٗنتہٕ چھُیہ کَم پاداش

24

ڈٕدی بوتہٕ شہلی سبزار تہٕ ووٕنی کتھ جایہ سمو
پوٚد پوٚد زَن نارٕے نار تہٕ ووٕنی کتھ جایہ سمو

پیٚنچہٕ ژاڈو پیٚنڈ گیہ راسی تہٕ استان ڈیڈی وٕچھ
کوٕلہٕ رادن لٔج گنڈی تار تہٕ ووٕنی کتھ جایہ سمو

کٔری یار دِپتہٕ مٔری یار تہٕ پتھ وَن ڈیرٕ ڈیتکھ
لٔگی لاہٕکی دَرد دِل دار تہٕ ووٕنی کتھ جایہ سمو

تھَنہٕ وَلہٕ کٔھرسوتے شانش تہٕ برو ڈگو واوٕ ولٔسی
ڈٔہی سٔہلابن ٹکہٕ تار تہٕ ووٕنی کتھ جایہ سمو

وَن نِہو کھ تمِ کھٔتی چھانز تہٕ مرگن داوٕک چھوٚر
گرہٕ بار ژھوٚرٕسے ولو ہار تہٕ ووٕنی کتھ جایہ سمو

